کِتابہِ ہُند ناو ______ دود کھٹِتھ گُلدانَن منٛز

شاعر ______ شہناز رشید

چھپن وُری ______ ۲۰۰۵ء

سرورق ______ محمد یوسف بچہ سوپور

خطاط ______ قاضی عاشق حُسین سوپور

تیداد ______ ۵۰۰

صَفہٕ ______ ۱۸۴

مول ______ زٕ ہتھ ہٕ پٔنٛژہ روپیہ ۲۲۵/=

چھاپ خانہٕ ______ جے۔ کے آفسیٹ پرنٹرز دہلی

ناشر

نوید پبلشرز سوپور کشمیر

# اِنتساب

کأشِر شاعرِیہٕ ہُنٛد

باگہٕ بوٚرُت سرنامہٕ لیکھن والین

تِمن دون گاشہٕ آگرَن ہنٛدِ ناو ــــــــ

یِم لل دیدتہٕ شیخ العالمؒ ہنٛدِ ناو ــــــــ

یِہ ژرتھ دِلس منٛز بسان چھِ ــــــــ



تارکھ چھہ از بتہ راو متین ھنز انان شیچھ
کہمخاب ھے رنیاے مگر خاب نے رنیاے



مَلرَن دِتھ ژے حُکم بہ ھُس ناومیأنی لُج
وولرکٹ ھوا تہ چأنی خدأیی أچھن تلے

# فہرست

# آواز الاوٕ تہٕ آیِنہٕ اگن

کأشرِس ادبس چھُ سأنِس زمانس منز اکھ ہرٕ نکھ بال یِنہٕ زیٛپھٹھ شیٚنہٕ پُھترٕ ( GLACIER)
کوٚچھہ منز ہیٚتھ شانٛدس پیٛٹھ موجوٗد ــــ رحمان رأہی تہٕ تسٕنز شأعری۔ گلیشرٕ چھُ زمینن تہٕ جہانن
ڈرٕ یہ وأدن سگہٕ وان تہٕ سبزٕ تھاوان۔ اکھتُے واریاہن نٛگین اندری اندرے سرٕ یہہ واتناوان تہٕ
ووٚپرٕن پاے بخشان۔ راہی ہٕنٛز شأعری تہٕ چھےٚ سأنِس ہمکال ادبس چار وطرف وُلِتھ تہٕ اُرٕ کرِتھ۔
باسان چھُ امہٕ چہٕ مرطوب واوٕ گرٕایہ پوٚشن برٛوٚنٛہہ کُن تہٕ۔ مگر یُتلہ چھےٚ یِنہٕ کرامأژ تہٕ یمن ہشدٕ وٕل،
ژٔھل تہٕ بُل ہاوِنہٕ نتھن۔ بامنے چھےٚ یِنہٕ سوٚدرٕ تُلہٕ ہنگہٕ منگہٕ کانٛہہ وُشنہٕ آبہٕ بُرٕایا پھموار۔ بٕنٛتھ
ہیٚوٚرٕ کھسان تہٕ ڈٲلہٕ دِوان دِوان نٕژان۔ امہٕ سٟتۍ چھُ یِنہٕ پُھترٕ ہُنٛد برٛم تہٕ دٕم کُنہٕ حدس تام کم گژھان۔
یتھہٕ کنٛز کنہٕ جرار لشکرس منز یُس سلاح سامانہٕ سٟتۍ گژٕہن گژٕہن آسہٕ کران، کانٛہہ موصُم شرٛاہ یِنہٕ
پادشاہ خیالکو ژُنگرٕ تُلِتھ نظرن بےٚ شوٗنکر پاٹھۍ رٕوہٕ لاگہٕ۔

یمہٕ سوٚمبرنہٕ ہُنٛد شاعر، شہناز رشید تہٕ چھُ یِنہٕ آلوٕ سٟتۍ سانہٕ ادبی ہرٕ نکھک شاپھہ مأنٛزاوان
تہٕ کأشرِ شارٕ کس قأری یَس گنٛدان اکس نوٚیِنہٕ پوٚشہٕ یبچنہٕ پیٛٹھ واتناوان۔ اکھ حدس تأفی، زٕنہٕ
بوزن وول تسٕنز سازٕ چہٕ گبِتھ منز اکھ بدٕلے زگمِتھ پرٕزناوان تہٕ پھاوان چھُ۔

شہناز سُنٛد اصل انحراف چھُ رأہی سٕنٛزِ زبأنی تہٕ بنٛدشٕ سٟتۍ وأنٛتھ، یوٚسہ لوٚژ لطیف،

کأشرِ ین ہنٛدِ باپتھ کتھن تٔلِچ، محاورٕ تہٕ ورتاوٕچ دوٚدٕ ہر ہیتھ تہٕ ویٚژ چھےٚ باسان۔ سأرِی مجموعس منٛز آسن اِضافت واجبہٕ ترکیبہٕ گٔنٛزرنس لایقٕے۔ رأہی ہنٛدِ طریقہٕ برعکس چھےٚ تمٚی خالےٚ کینٛہہ نٔوِ ترکیبہٕ ورتاوِمٕژ۔ مگر تو تہٕ چھُس باوَن بجٕر تہٕ ہاوَن سوٚتٕر معنہٕ سوو، مٔن رٔژرٔوٗن تہٕ سوخن سرأیی ہنٛزِ نٔوِ زأیہٕ لانکہٕ آباد کرٕن وول۔ باسان چھُ زن تہٕ اَکھ لوو بِلہٕ کأنٛسہٕ بارسٕہ ہٕستس ہتہ ترٕپان ترٕپان کُنی شوٗتُلبھ لتس بٔروٗنٛہہ تہٕ نیرِتھ ہیکان۔ یہٕ چھےٚ سانہٕ شأعری منٛز اکھ پٔرٛژ برانٛتھ تہٕ برانٛتھ بنان۔ یتھ منٛزٕ ینہٕ کالچہٕ واریاہ برکٔژ تہٕ بشارٔژ بوزنہٕ چھےٚ یوان۔ اِنشاءاللہ

اُدبس چھُنہٕ ینہٕ بچہٕ ماچہ زنٛدگی ہندے پأٹھی کانٛہہ فارمولہ یا پورٕے تھوٗرمُت قانوٗن برورٕ تہٕ بپہٕ بہٕسان۔ کُنہٕ کالُس ہرگاہ کانٛہہ پرٛژھ ہش خوٗش اندیٖشی باشہٕ کران باسہٕ، لو تہٕ کُنہٕ وِزٕ تہٕ چھےٚ سو واقعاتن ہنٛدِ دوٚہ کہرِ دٔبہٕ ہتہ پھُٹان۔ مثلاً یی زٕ ٹوٗس خیالُس گرٛژھ لأزِمن نٔو زبان ہتہٕ بدل گنٛڈتی آسٕنۍ۔ یہٕ کٔتھ چھےٚ وِزٕ وِزِ لأنٛژس کھأرتھ گلہٕ ناوٕنہٕ آمٕژ۔ اِدٕ کانٛہہ بدل کُنہٕ ہُنٛد پُرٕ اِمکان شأعرا چھُ نیران تہٕ نٔوی مناظر ہأوِتھ دِوان۔ شأعر چھُ ژٕکِہ گنڈِتھ تو لنشہٕ بالا آسان۔ تٔوے چھُ پانٔے پننٛۍ میشرٕ تہٕ میزان بنان۔ شہنٛازٕ رشید چھُ سانیٚن نٔوجوان شأعرن ہنٛزِ پتٕکنۍ ہُنٛد پہٕ نسل چھےٚ مابعد جدیدیت کس زمانس منٛز سوخن سرأیی کران۔ شہنٛازٕس چھُ ینہٕ رلوایژ ہُنٛد— یتھ منٛز رأہی سُنٛد تھدِ ستھرٕنیک کلامہٕ تہٕ شأمِل چھُ، پورٕ عرفان۔ مگر یو سہ زبان سُہ ورتاوان چھُ، تتھ چھُنہٕ اَدبی زبأنی ہُنٛد ہیتھ تہٕ ہُنٛر۔ یو سہ زبان سُہ لیکھان چھُ، سو چھےٚ تتھ حدس تام دوٚہدِشٕچ پٔرٛژنتھ تہٕ خصلت تھاوان، زَن تہٕ چھ آسی پہ زینہٕ کنٛڈل ووٚکھلو ترٛان ترٛان بوزان۔ منٛزٕ ہینکہٕ اَتھ پیٚٹھ وونٛ ہُنا دُوریمتِس مہجوٗرَن تہٕ بٔروٗنٛتھ گرٛژھتھ ے

اَدٕ کُنی ژٕذٕ وِچھتھ ژٕوداہِم زوٗن

دأر اَکھ آسہٕ سُخ عذابُس منٛز

ووٗنی ہٕنہٕ نیران ہتم گولاب کٕتھرٕ بن
یِم یہٕ اوٚسٕس وٕچھان شابابس منٛز

○

میوٗن مطلب چھُ لفظن ہنٛدِس عاٗن غاٗن وجوٗدس سٕتی، یِمن منٛز چھِنہٕ کانٛہہ، لیُس نہٕ مہجورامی مانہٕ کنٛز گنڈِ ہے۔ مگر ہِشرِ چھُ یُتےٚ۔ اَتھ پیٚتہٕ کنہٕ لیُس وہمرِش بلکہ SENSIBILITY چھےٚ، سو چھےٚ سآدروار اَتھ مثالہِ منٛز نَے، مگر باقی شارن منٛز چھُ اَتھ نوٚو اُنہار تہٕ ژیٚنن ترٛاے۔ تہٕ یُہےٚ چھےٚ یمہٕ مجموٗعچ زبہٕ وان ے

امہٕ کھوتہٕ یہٕ کیا لولکے شہرٕچ خبرٕ وَنے

لفظہِ ژٲر ہیٚرآنی نَے تہٕ توتہٕ رِوایتس نکھہٕ ڈکھ۔ باوٕن ترٛاے ویٚژ تہٕ وَیہٕ وٕنی۔ گنڈٕتی سیٚو دسیٚو دتہٕ البساوٕ شُرکیٚو لنشہٕ مچھہٕ۔ بیٚیہٕ اَتھ منٛز آبِ رواہنٛج بےٚ پھرُک روانی ـــــ تاثیر تہٕ تاثُر تازٕ بتازٕ۔ اکھ نوٚ ہوہرِ اے ہِش تہٕ بدلے بدلے ڈُلہ گُنز دِوان۔ ڈیلیٚو کیشن شارن دِمو سأر۔ ے

یِنہٕ لُو کھیٚنہٕ صحراوٕن پیٚژہٕ اوٚبر نٕمَن
یِنہٕ پنجرٕ پیٚٹھن موٚٹھ پیٚزارمن مُدے گنڈِتھہٕ شہزادن
یِنہٕ زوٗنہٕ ڈبے گےٚ زوٗنہٕ دغا دِتھہٕ
تیٚنہٕ گووٕ واراہ کال

(قرنہٕ پھیٚرٕ ـــ نظم)

یہٕ گو ہٕنا ووپرٕ ہیٚو نظم۔ سأرِس ہوی تہٕ سأرِس غزلس تہٕ چھُ یی حال۔

پہچان گَنٛز اُسس تمن مأ یہٕ، نظر راسی
کُم اُنہٕ ورفتار اُچھو میلہٕ کنین تھأسی
محفل سو اُچھوٕ کیازِ وٕچھم میانہٕ خدایا
دستار سٕرس اسی، نہٕ سرپوش برن اسی

یِم چھےٚ پیٹھ پیٹھے ٹُلنہٕ آمٕژ مِثالہٕ۔ مگر شہناز ہٕندِ فنچ زٕ تیز چھےٚ یِمن منٛز تہٕ موجود۔ زبان بول چال چھ مگر توتہٕ زیادٕ تازٕ، لفظ دستار دُجو مُنٛزی پھیاٚنھ، نکھہٕ تلکی مگر ورتاو اُزی چہ حیثیت ہتی سوٚمس سوٚم۔ صرف کاشُر ہیے نہٕ، اختےٚ امہٕ کھوٚتہٕ بجن زبانن ہنٛدِس ہم عصر لبعَس بروبر بروبر ———— دٕرایہ تاکہتھ زٕ ابہامچ کاٹھ رُوٗنل تہٕ گوٚبہ بیانٛک ووہٕ پور نہٕ تُلنہٕ باوجوٗدٕ ہیکہٕ تازٕ شعر اُزی کس بوزن واٚلس اکھ اکھ رُوم کھڑناوِتھ تہٕ، نہٕ سُندر اٚوِتھ تہٕ ———— مینہ چھُ جرمن نقاد سائی سانٛگ سُند یہ قول بٕیہٕ یاد پیوان زِ رُت شاعر چھُ زباٚنِ ہنٛز دوشیزگی بحال کران۔ شہناز سُند لفظہٕ لاش تہٕ آلو پلوٚ چھُنہٕ ویوٗنٕے یوت، اَختےٚ اِمچ بنٛدِش تہٕ ادأیی تہٕ چھےٚ کاشُر آیہٕ ———— ہاکہٕ ٹُدس پیٹھ دیلیوٗک گنڈ۔ مگر جہانِ معنی چھُ چنتن تہٕ باس چہ طلسمی آیہ دوزٕ ہتی کتہٕ کوٚت۔ یِیمہ مجموٗعک شاعر چھُنہٕ حیثیت چہ تازگی ہُنٛد باس دِنہٕ ہتی یوت ینہٕ آن مانہٕ راوان۔ تٔس چھےٚ اِنسأنی جذبٕن ہنٛدٕن تمن وینٛژارٕن، آکارن ہتی تہٕ رسأیی، یِمن ہنٛدی خوٚلہٕ خط مَن سرایہٕ ہنٛدٕن پاتالن منٛز ژھینپھ دِتھ روزان چھ۔ یِم اکاٚیل تہٕ لفظن ہنٛزو کمنٛدو منٛز پِشہٕ لِبن گرٕنن ہندی پاٚٹھی ووتھ ٹُلِتھ ژٕلن واٚلہٕ جذبات اِظہارکس کرٕ بیخٕلس منٛز کانہہ اٚنزٕ چھُ اکھ بوڈ معنیاٚتی فتح آسان، تہٕ یِتھ کتابہ منٛز چھِ یِتھو فتح مُبین سوٚلہٕ سوٚلہٕ ؎

نظرِ ییٚمہ لَٹ چھےٚ تمن سوٚرہمہ اُچھن راٚچھو کرٕ
سوٚنہٕ تہٕ باپتھ چھےٚ تٔمس کٔتی جہ پٔکھن راٚچھو کرٕ
اُکھ گداگر زٕ ہرنیوٚمُت چھُ ہُلم تام یٔمس
کوٚت مُشکل چھُ تٔمس لو ملہٕ موچھن راٚچھو کرٕ
چاٚنی کاٚم آسہ تہٕ مالہٕ ژھلہٕ ڈوٚن تازکھ نب
میوٚن مَسلک چھُ مگر زوٚنہٕ یہ چھن راٚچھو کرٕ

○

پرٛ ہتھ دوہہ لۅٚے دلیل تہٕ سرتاز انکشاف
یم چشمہٕ چانہٕ زنتہٕ چھےٚ کانٛہہ سائنسی کتاب

ہ

مشکل چھُ سیکستانٕ پھولنُے پوش ہُتُس پیٚے
انٛہار میون لوتہٕ وۅان آسہ گنےٚ زوٗن

یتےٚ یوت یہٕ، ہمُے چھ وانٛسہٕ تہٕ زز مگر ورتاو یاسہ اِستعارن تہٕ لۅکھولو دِتھ ہمن ہشن یاون تراین موکھ پرٛ ہزلاوٕ ہتی، یم وُنیُستام ژھاین ہندی پاکھٕ شاعرن برونٛہہ کنہٕ چھو چھ کترٛ کران آسہ، ہمگراکھے آسہ نہٕ پوان نہٕ اِظہارُک قالب سجاؤتھ ہیکان۔

کتھ پیسٹھ بُلبُلو کھ کیاز وُچھتھ خاب یوسفن
ہے میانہٕ سُتھر کانہٕ ژنےٚ چھی داوِ داوِ کھری

اَزی کس کیا کُنہٕ زمانہٕ کس شاعرس تگہ نہٕ یہنہٕ نوٗ زمانہٕ چیوٗسسرلو گسرلو تہٕ تہٕ رالولنشہ بےٚ خبر روزُن۔ اَختےٚ چھُ شاعر ہِندین کنن تل یمن ہُندصدا سمندر زیادےٚ گرٛ یزان۔ شہناز رشید ییتھ کالہٕ ہانکلہٕ ژوٗ نبھتھ چھُ ثھتھ منز چھےٚ کشیر اُکس ودکھ آولنس منز ودتلان تہٕ بوڑان۔ اَختےٚ وُکرُ دُکرُ گتہٕ گیوٗر کران۔ سوٗرے زگتھ تہٕ چھُ بُتھ ژکھراوِتھ۔ وولیومُت تہٕ ووتل بُجہ کران۔ ییٚتھ مجموعس منز چھُ شاعرسُند قلم یہ سوٗرے وبتراوان تہٕ وبیہ راوان۔ مگر کُنہٕ شاپہ چھپنہٕ اَتھ صحافتی ایسریاٹا سری اِظہارچ کانٛہہ گزاے۔ تفصیل نہٕ کُنی مگر تاوِیل سوٗن تہٕ گوٗن۔ بونہٕ ہن شارن منز یُس کھنڈ پھُٹ، کھری دار تہٕ بھبٹ ژامُت سمسار بوز نہٕ یوان چھُ، سُہ چھُ ینتہٕ خصلتُر ہُند تُرس دِوان تہٕ جگر ژٹان ؎

یمن اُچھن چھُ وُدن لانہٕ لیتوکھمُت دُقتن
ہُمن کنبن تہٕ رُوٗن آسہ بے پناہ لۅکو

وُدُو یتہٕ خوب وُدو، ساٲری ٲسۍ وُدو یکجا
ڈلیوٚ سمو یتہٕ مقـرّر کرُو دوہا لوٗکو

○

ہِمن ہٕنہٕ قطرٕ یتہٕ آبُک میٚہٕ وُچھ اُچھن اندر
تِمے وٚنان وُچھم جاپہٕ جاپہٕ ناگ ہوکھن

○

پشمینہٕ کاٹھہ کُتان ہٕتہٕ گُل ریز کاٹھہ پرُان
ڈٕپی زٕلس زِسانہٕ شہر پیٚنس گوو زمانہٕ شین

○

پرٛتھ اٲنس اٲہٕ دِیو لوٗر رٕنیوٚس

○

یم، کینٛوٚی شہرکی ہٕرینمتۍ روے ڈٕلشتھ
کتیٚ انہاٲری اٲنہٕ ٹھُٹہٕ متۍ یتھ تلاوس

○

ٹلہٕ تہٕ ماپرٛاٹہٕ زوٗن مَس پیاٲس
تَس تہٕ ماآیہٕ کاٲنسہٕ ٹاٹھَس گوٗلی

○

یام لۍ ناو بوٚہٹ یتہٕ لوٗکو وُچھ
اُڈۍ چھ گوٗلی، اُڈۍ چھ ٹھٹلی کھیتھ آمتۍ

ہم پچھے کینہہ ہتالے، نتہٕ چھے کتاب ہمو گرد غبارٕ وستۍ ہوٚمس منز داوٕلنہٕ ہوی شاٲیپٹھ نقشہٕ ووتلاوان.

جرمن شاعر گوئٹےیٚن ونیوٚ از ہیتھ زٕ ہیتھ ؤری برٛونٹہ زٕ اَزٕ چھُ صداقت چھےٚ وۄنی اکِس شیشس منٛز پیٚنٛ عطر پھیانان ـــــ شاعری ـــــ مگر شاعری چھےٚ لاشعورکہِ ظُلماتہٕ وُزِتھ تہٕ خابہٕ کِس رنگ محلس کُن وُپھ تُلان، رومان تہٕ لوٚلکی ناگہٕ سبزار ژھانڈان۔ یِمہٕ کتابہٕ ہُنٛد شاعر تہٕ چھُ اَتھی تنٛدلہٕ منٛز۔ تَمی چھُ وُتھُن ہام لگنہٕ تہٕ زِنگن لام اگا دِگرٛھنہٕ باوجوٗدا کہِ طلسم خانٛک نقش ووتلوومُت ـــــ یہِ چھُ تسنٛد خیالی گام ـــــ شہل، سبز، سادٕ تہٕ شفیق۔ اَتھ صِرف ذاتی پناہ گاہ وٕنُن چھُ ٹاکارٕ صداقتس ڈام کرُن۔ اَزٕکہِ بازٕری سمسارٕ منٛز، ییٚتہٕ اِنسان ہنٛزٕ تَن، تسنٛد مَن، زنانہٕ جسمن ہُنٛد لوٚبہٕ تہٕ تمن ہندین کاوِین ہٕتہ قوتَن ہنٛزٕ وَن جھپہٕ مالِ تجارت بنیمٕت چھُ۔ ییٚتہٕ اِنسانن ہنٛزٕ یَرٛتھ تہٕ پرٛتھ عقیدٕ، اصول تہٕ ایمان پنہٕ ڈینگن کھالنہٕ لیلام چھُ یوان کرنہٕ، تَتہٕ چھُ وُنہٕ شاعرس اکہِ چھیپن جایہٕ ہُنٛد پتاہ۔ تسنٛدین خیالن تہٕ لوکچارکین یادٕ وُترین ہنٛد گام ؎

ویٚسی چانہٕ شہرٕ لوٗز میٚہٕ نابد چھُ ٹیوٹھ گوٚمُت
ویٚسی میانہٕ گامہٕ اَز تہٕ مُدری مأنٛزٕ راأژ ہُری

○

شہرس چھےٚ تیلہٕ سڑکہِ دہےٚ دٕہہ تہٕ لار لار
شبنم، گوٗلاب، تازٕ ہوا گامہٕ کی وُچھان

○

کمخواب ہےٚ پرٛنیاے مگر خاب نےٚ پرٛنیاے

○

تمس کُنُھ ژےٚ شہر واتِتھ یہٕ گام پیٚنُن
پنہٕ ژےٚ یاد، پنہٕ رۄدی ژٕہتس گلابہٕ گُلی

○

یَرژبکہٕ آنو، لوٗہٕتۍ پوٗش تہٕ ژھوٗپۍ دوٗپۍ ناگہٕ پوکھر
کاہنہ نۆتہٕ کاہنہ ژھینہٕ گومُت زوٗنہٕ شبس منٛز یاد پیوان

شاعری چھےٚ حُسن گارنٕچ تژلیش یِتھٕ چھےٚ ڈٕیکس دژہٕ کھا اِتھ شاعرن ـــــ میر تقی میر، بودلیر، میر انیس، میراجی بیتر لِشہ تہٕ رنگ وٗوزان تہٕ رَس پژیڈان ۔ یہ چھےٚ اَکھ تژشھ پاٹھۍ داویوسہ ورگہٕ زنمہٕ کٕین سوخن گوین اُکۍ یارٕ بلس پیٹھ سومبراوان چھےٚ ۔ وُچھو تو نعمت خان عالی سُند یہ خوبصورت شعر ؎

رنگِ گُلشن بہ زمین طرزِ نگاہش ریزد
نقشِ پا برگِ گل تازہ بہ راہش ریزد

مرزا غالب چھُ اَتھ پنٕنہٕ طریقہٕ پیٹھ کنٛز باوان ؎

دیکھو تو دلفریبیٔ اندازِ نقشِ پا
موجِ خرامِ یار بھی کیا گُل کتر گئی

شہناز رشید تہٕ چھُ ہمیوٗشہ پادٕن ہُنٛد یہ خراماں وُچھاں تہٕ غوطن گژھان ۔ تمۍ تہٕ چھُ یہ حسین اِستعارس منٛز نقش بنٛد کوٗرمُت ۔ پنٕنہٕ رنگہٕ تہٕ پنٕنہٕ مزازٕ ـــــ ہیرِم دوٗشوٚنوے شعر چھےٚ اَتھ پتہٕ کنہٕ وُزان ۔ حالانکہ میٚہ چھُ خیال زِ یُس آسہٕ نہٕ نعمت خان عالی سٕنٛدِ شعرُک ظوٗنُے ۔ پیکرن ہنٛزِ دورنگی باوجود اَکس اندرِمس سطحس پیٹھ یہنٛز ہمسائیگی چھےٚ ہے بُنگہٕ کران ؎

شامہٕ پُتۍ پژہتھ یوٗد شمع وُچھےٚ گہاں
زوٗل کرنٕچ زیرِہَن توٗرے چھےٚ یو

شہناز رشیدن یہ شعر سومبرن چھےٚ پنٕنہٕ مُشکہٕ تہٕ مأنٛھر کنٛز کأشرس اَکھ شوٗبہٕ وُن گاش آراستہٕ کران ۔ اِظہارٕ بیٖن تیز، بادژ بُلگ بتُر طاقتور، پیکرن ہُنٛد موٗرژخانہٕ اَنہور عنوان ہیٚتھ، محاورٕچ لرٕ پھرن تو آیہٕ، مگر خوش نما ۔ لفظت تہٕ بنٛدش دوٗہ دِشترس نالہٕ متۍ کران ۔ یہ چھےٚ سانہٕ وَرتاوٕ زبأنۍ ہنٛدۍ اِمکان، نوٗ ثابت کران تہٕ یہ پارَے دِوان زِ رُت شعر چھُنہٕ لأزمی طورٕ نہٕ ویٖژوٗن یا مُشکل آزما آسان ۔ یہتس

طریقس اُسی اُردو وٲلی سہلِ ممتنع ونان ــــ بوزُن تہٕ سارُن کیٚژُت سُہل مگر وثن کیٚژُت کرٕلۍ بھٹھ ۔
پہٕ پھُٹسن یہ رحمان راہی یَس دیہ مان، خاص طور غزلَس منٛز مابعد راہی 'POST RAHI' شاعری ہُند
اَکھ رُت نیب تہٕ فرٛوٗژ سنٛز مانان۔

ییٚمہٕ سومبرنہٕ ہندی کیٚنہہ جستہٕ جستہٕ شاریش کُرِتھ چھُس یہ پینہٕ لَس یَتھ خیالَس پتٕنٛے گرٕزٕ
یُزھان زہٕمن منٛز چھُ شوٗد شارُت تہٕ، تہٕ ایحساسُک سادر وار باس تہٕ ؎

یَس نہٕ اَلی فیٚچ خبر یَس نہٕ بے ٹیک پتاہ
سےٚ چھُ یُمہِ داستانکۍ ورق بنی ژٕٹھتھ

○

یَکھ پکھلی یورِ کی لور تہٕ لوٗرِ کی یور انان
جانا وارن چھِنہٕ سرحد سرحد باسان

○

وُچھ دوٗرِ رگہٕ وُہان تہٕ نزدیک آبشار
باسان چھم زِ زنہٕ طلسمی چھُ میون یار

○

اَکھ جنگ سپُد دوٕہلہٕ بتن تاپہٕ ٹینکن پیٹھ
وۄنی گوژتھ نہٕ گژھن بیاکھ ہمن موم بتن پیٹھ

○

شہر تہٕ گامہٕ پرٕیتھ اَکس لوٗکھ کِنان اُکھو بیٹھی
میانی ثلندرن توٕے پرٕ بتہٕ جاے زٕٹ دھے

○

ترٛیشہ ہتھن معصوم پدٕن تَل پاؤ سپُد
زمزمی آبُس اَزلے رِشتہٕ چھُ کعبُس سِتۍ
کُس نِصف راژ آو تہٕ ژۄل داغ ہیتھ دِلس
تارکھ ژُرن کُھٹس نہٕ عجیب قزاق اوس

اَخرس پیٹھ — یہ چھُنا تعجب کتھ زِ سون عظیم ہُند کال تہٕ تمۍ گاشہ تارکھ چھ کُنہ ساعتہٕ شاعرَس اِجازت ہیتھ ورائی تسُند کلامہ منز ناگہ بُبرہی نۍ نیران۔ تہٕ پتہٕ چھ میہ ہوس کأنسہ اپارِ بازرکس وِتہٕ گتس تسُند ناو شاعرس یاد پاوُن پیوان ے

یُتھ صحراوَس پدٕ پدٕ سورِ گو ناگ وُزان
کرتاں دزاہتۍ پیارِ ساۓن جُد باسان

یہ ہینکہ للتا دت تہٕ اُستھ۔ کشیرِ منز چھنہ صحرا تہٕ اوے چھے کشیرِ نیبر کتھ واتان۔ للتادت سوریوو صحراے گوبی یُس منز یُس منگولیاہُس نِشہ چھُ۔

بیاکھ شار چھُ پرزنتھ ہیتھ مگر امیُک انداز چھُ مثالے ہمجورسُندیو تأریخی محاکاتو نشہ بالکل الگ ے

دیان وہلرِ ہٹس پیٹھ زِ یتھ قلم کاگد
حسن چھُ اَزتہٕ کہأنی کشیرِ ہنز لیکھان

ہر گاہ کأنسہ یہ بوزِ تھ علامہ اقبالؒ سُند یہ شعر یاد پیو ع ہمالہ کے چشمے اُبلتے ہیں کب تک۔ تَس چھُ میون یہ عرض زِ یتلہِ کأشر زبان زانۍ وول حسن، خواجہ خضر سُند وتلُن تہٕ بوزُن وُچھان چھُ، نہ چھُ ہنٛز قلم تُلتھ تتھ خضر سُند عاصہ تہٕ بناوان تہٕ کشیرِ ہُند ترجمان تہٕ۔

وزارت روڈ۔ جموں

کرسمس ڈے ۲۰۰۴ء

**محمد یوسف ٹینگ**

# غونچہ گولاب

ھرگاہ مےٚ کانٛہہ پرٛژھہٕ زٕ اَزٕ کین جواں سال شاعرن منٛز کم چھِ کاشُر زبانٕ ہنٛز تخلیقی توٚژھہ ہنٛدِ حوالہٕ آش افزا باسان ، میانہٕ زیٛوٚ یم کٔژ تام ناوٕ بےٚ پھٔژ ک پاٹھۍ نیٖرن تِمن منٛز آسہٕ بلاشُبہہ اکھ ناو شہناز رشید۔

شاعری چھِ لفظن ہنٛدِس معنےٚ آفرین وَرتاوس ؔنان۔ معنہٕ تلہٕ چھُ مُراد کُنہٕ احساسچ، جذبچ یا خیالچ یاوَلو کُنہٕ گُدرچ یا دیداگٔہی یہ ہنٛز ترٛژھ کانٛہہ شارٕ صوٗرتھ لوسہ کانٛسہ تہٕ ثقافتہٕ شِناس نہٕ رلوایتھ آگاہ۔ بوزن یرٛن وٲلۍ سُند تخیُّل وُزناوتھ تس پانس منٛز آورِ نہٕ جمالیاتی حظ واتناوِ۔ شہناز رشیدنِس کلامس منٛز چھِ کیٚتہٕ اظہارٕ یم مذکورٕ مفہومہٕ حسابہٕ داد طلب چھِ۔ یتھین اظہارن منٛز چھےٚ لفظہٕ زٔاژ تخلیقی وَرتاوچہ برگُزیتہٕ مخصوٗص موضوعک جِسم کیٛو جان بنان۔ سُہ چھُ اَکھ تیٛتھ فنکار یُس لفظنےٚ اندر تہٕ لفظنےٚ ہنٛدِ توسلہٕ پنُن موضوع لیٛنچ تہٕ پابرجا (ESTABLISH) کرنچ کوٗشش کران چھُ۔ تمہٕ کےٚ مَطلب گوو زِ تسُند لفظ کیٛو معنہٕ چھِ اکھ اَکس اَتھہٕ انان، رٔژناوان تہٕ رٔٹھِ کھالان باسان۔

کاشرِ شاعری ہنٛزِ رلوایژ نِسبتھ تسنٛز آگہی چھےٚ شہناز رشیدس یئلہٕ وِتیٛلہٕ تازٕ طرح ترٛاوچ کوٗشش کرناوان۔ پتمین کینٛژن ڈہین دوران لوٗگ کاشرِ زبانٕ منٛز تہٕ غزل صنفہ

چلے جاوٕ تہٕ کأشرِ شاعری ہٕندِس پرأنِس میٹرِ نظامَس لَرِ لوٗر ہُرِیوو آرٕ کأنٛژ عوٗرٕ وضَس ووستادانہٕ وَرتاوٕ تہٕ یہِ وَرتاوٕ یمَن کینٛژن معأصِر شاعرن نِش پھاثھلیومُت باسان چھُ تِمَن منٛز چھُ شہنازرشید اَکھ سرکردٕ سوخَن وَر۔ چنانچہ یُس غزل نوٕ وأردٕ آسنہٕ سببہٕ بُرٛژھی ہِن لیسلہٕ شاعرن نِش وَزنہٕ حسابہٕ کُنہٕ کُنہٕ ڈلیوٕے ہیوٕ باسان اوس یا بُحرِ کیٛژ طرحہٕ رٕنگی تنگ دامَن باسان اوس سُہ چھُ ووٕنۍ پیٚزٕ پأٹھۍ بحُس تہٕ تازٕ طرح بنیومُت۔ جُستیہٕ تہٕ تازٕ طرحیہٕ ہنٛز اَکھ کوٗششہِ منٛز چھُ شہنازرشید تِمنہِ وانٛہٕ شریک باسان۔ یہِ چھُ پوٚز زِ اَتھ کوٗششہِ دوران چھُ وُنی وول لعضے عوٗروضی تہٕ طرحی تگنگرٕ ی یہِ ہُنٛد شکار گژھان، تیوٗت زِ نوٕنہٕ طرحن تہٕ سنٛگلاخ بُحرن منٛز دسگاہ ہاوٕنٛچ تژاے گژاے چھِ پھٹٕ پھٹٕ نیران تہٕ شاعری ہُنٛد اَصل مقصد یعنے معنٛے آفرینی چھِ گال کھالتس گژھان یا موٗلے راوان۔ یتہِ چھُ سوٗخُن زِ جھرا عوٗروضی گزگتی نظرِ تل تھأوِتھ کلامَس منٛز روزمَرچہِ رِیوایژ لِنشہِ ڈلِتھ کینٛژن لفظن ہٕندی اَنتہا اَچھر حرکژل بناوٕنۍ کتھ حدَس تام چھُ کارآمد؟ تاہم بیٚیہِ یہِ اعتراف کرُن زِ عوٗروضی لحاظہٕ یُس ڈیکھرا اوٗتام زیادٕ توجہس لایق باسان اوسنہٕ تِمہِ لِنشہِ بچنٛک ظوٗن چھُ ووٕنۍ ژوٗرُے یُہن بیدار گومُت۔ چنانچہِ یہِ وُنُن باسہِ شاید پیٚزٕ باو یتھے زِ اَتھ ضمنس منٛز چھِ رفیق رازَس تہٕ حکیم منظوٗرس پتہٕ شہنازرشیدنہٕ کوٗششہِ خوٗشوٗنہٕ باسان۔ یتی چھُ یہِ نوٕ کتھ تہٕ قابلِ ذکر زِ شہنازرشیدَن چھُ ارکأنٛز عوٗروضنہٕ کہِ مشینی چیرِ چارٕ نِشہِ کم کاسہِ موکجار لٔبتھ بیانہٕ کِس رفتارَس تہٕ لہراوس تہٕ حسبِ ضوٗروٗرتھ اَہمیت دِتھ پننِس تخلیقی جوٗدتس تہٕ جوٗرتس تہٕ کأم ہینٛگ سِلسلہٕ شوٗروٗع کوٗرمُت، مثال چھِ ”رٕہ مسأفر“ نظم۔

اَزی کین جوان کیٛژ نوجوان کأشرِ ن شاعرن روٗز غزل صنفے باپتہِ صنفو مقابلہٕ ژٕر دامَن کُش۔ تتھ کیاہ چھُ سبب تہٕ چھُ شاید سوٗچنس لایق۔ البتہٕ چھے یہِ کتھ پھرنۍ لایق زِ کأشرِ غزل چھُ ووٕنۍ بالغ سپدمُت باسان تہٕ شہنازرشید ہوی سوٗخنوٗر چھِ اَکھ بیانٛگ کُساو، تشبیہن، استعارن تہٕ بحرن طرحن ہنٛز تازگی تہٕ موضوٗعچ فکرانگیزی تہٕ عصری آگہی عطا کرنچہٕ گوٗن درگوٗن سبیلہٕ ژھاران۔

برونٛہہ اوس شہناز رشید تہٕ زیادٕ پٲہن غزلے ونان، مگر ووٚنۍ چھےٚ یہِ وُچھتھ خوشی سپدان زِ تس چھِ تتھۍ کیٚنہہ تجربہٕ تہٕ سپدٕنۍ ہیتۍ متۍ یِمو باپتھ تس نظم صِنفِنۍ ژٕر مناسب باسان چھےٚ۔ چنانچہِ دردس سوٚمبرنہٕ منٛز چھےٚ غزلو ہُریمانہٕ کیٚنہہ نظمہٕ تہٕ شامِل یِمن بیش تنظریہِ دَنُن قبل از وقت باسہِ نہٕ زِ شہناز رشیدس چھُ نظم نِگٲری یہِ ہُنٛد قابِلِ لحاظ بتٕر۔ ژوٚلو وٕتھ چھےٚ تیٚتھٕر نظم "ہے ژٕ وداٴہِمو زوٚنۍ۔"

شہناز رشید چھُ شاعرٕ ہونٛد حسابہٕ کاری گر نَنان تہٕ مختلف فِضا کیٚو صورتِ حال ووٚتلاونہٕ حسابہٕ اَکھ زُوزبہٕ ووٚل فنکار۔ سُہ چھُ بعضے پٕنہٕ منویتھ کاٚلۍ غمناک رفٲنۍ یادٕ وکِنۍ قاضی غلام محمدُن ہیٚو مزازٕ ژٕہنس پاوان تہٕ کُنہِ کُنہِ پننہٕ نظرٕ وَژھرچہ برگٕرٕ عصری آگہی یہِ ہُنٛد تلخابہٕ چاوان۔ تِمۍ چھےٚ اَز پننٕ گوڈنچ شارٕ سوٚمبرَن ڈالہِ اٲنۍ مٕژ۔ سوٚمبرنہٕ ہُنٛد اَکھ اَکھ صفہٕ چھُ ژینہٕ وَن دِوان زِ اٲہنٛدِ ڈسی سَیدن کاٲشرِ شاعرِیہِ ہنٛزٕ پوشہٕ وارِ منٛز کیٚتۍ غونچہ گولاب تہٕ کیٚتۍ گُنڈۍ پنٕنۍ رنگن آدٕ مٕرہٕ نٕم۔

ٲلہِ ژٕنے لو کچارٕ چہ رٕتہٕ پٕڑی یہِ بنےٚ پانس ستۍ
کیاز کُن ظلون تٕہ بہتھ زوٚنہٕ شبس بٕرانٛدس بیٹھ

یونپہ رِن رٹنہٕ یونہٕ سونتہٕ شُرٕ لو
اَز ؤں یٚژ کاٚلۍ کھولمُت ڈُبہٕ اوس

چھ ینٛری لغمہٕ پٕھلی کورِ زہرٕ پھکھ کھیاواں
کَنن گرٛٹھس نہٕ گرٛٹھنۍ توے چھُ رُوٚدِ یوان

کاوَن تہٕ اُنھۍ ہیٚچ ہٕ خبر یارٕ بَلن ہٕشز
واوَس تہٕ پیتاہ اوس ہٕ یکبارٕ پھُٹَن نُٹ

ہَرڈُک ہوا تہٕ زرد بیٚنکۍ ڈیرٕ اوٚبرٕ نب
تَس آبہٕ لاٗژمَن سو جواٗنی اُچھَن تَلے

اَز کُنی ژٕژ وُچھتھ ژھوداٗہِم زوٗن
داٗر اَکھ آبہٕ سٕنٛخ عذابُس مشٕز

ناگ اٗسکھ یدٕبن تل، شہُل تالہٕ بیٚٹھ
کربلاہیٚچ کراں اٗسی کتھ بوٗنہٕ تل

یوٚس وناں اٗس وکھ چھُ واوٕ ژلاں
اَز تہٕ کُمرِس اندر سو گُرٕ موٗجوٗد

دوٗدٕ کوٚت چھُ گرٕژھن تس تہٕ کتیٚن راتھ گُداٗرِن
دٕے زانہٕ مُشتھ اوس گوٚمت کیازِ سَوارس

طَے سپُدٕ شہر کٕنَن لُوکھ یراٗژ پٕلو
کُس چھُ دستارٕ کناں کُس چھُ گُلاہ دِی زٕ نظر

سوٚے پھُٹجِہن وُچھِس منٛے دوہَے، ییٚلہِ تہٕ گاٹھ ووٚتھ
سوداگرس چھےٚ وٲنس گُمژ ناوِ تارِ بُزی

پزاران آبہٕ شہرٕ منٛے سوٗرُے گولاب، ہیٚتھ
گوڈنیُک مگر پڑاو چھُ ماتَم سرایے تَتھ

لُبن سام ناپیٚچ سو ژھیٚنہٕ مژرِ کتاب
پوٚتُس پیٚتھ پہٕن ووٚنی دِلاوَر ژہٕٹس

پہٕنس

رحمٰن راہی

۱۱ فروری ۲۰۰۵ء



ہرِ موکھس شیٖنہٕ سۆدُر، دانہٕ کھٕہن چھُکھ سوزان
ٹُکرِ چھُکھ پوشہٕ چمن ، مانٛچھ گٔنن چھُکھ سوزان

فکرِ ہندی اٰنہٕ چھِ پرٛزان فقط چانی ءستہٕ
ذکرِ باپتھ ژٕ ہمدری ، میٹھ ذٔہن چھُکھ سوزان

یَس تہٕ یِنٛدر، سُہ بہر حال کتاں کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
یَس تہٕ ابُن چھُ ، تمس ڈیٚنجہٕ ژٕیٚن چھُکھ سوزان

زِندگانی چھےٚ زُون پاے لباں، رنگ ژھٹان
خاب سوزاں ژٕ اٰچھن ، مائنٛز اُکھن چھُکھ سوزان

ژٕرے سُمن بُل تہٕ شمع دان سلامتھ تھاوان
چھُکھ وُٹھن پیٹھٕ ژٕ اُسن، آب اُچھن چھُکھ سوزان

اوٕبرے ژٕرے تہٕ عنبرٕتھ سُون رچھاں ژٕرے یارب
پوٗژٕ سوزاں ژٕ دَستار گُلن چھُکھ سوزان





مُدعایہ عرش، سو لوٗرِچ عٔلم مدینس منٛز
چھُ کاینا تکہٕ ورقک قلم مدینس منٛز

بٔمن وتن چھِ اُچھر وال تام ڈُوبہٕ کھوٗژان
مےٚ وَنتہٕ تراوِ یہ کِتھ کٔنز قدم مدینس منٛز

سُہل تہٕ ما چھُ وُچھُن شہرِ سٔرورے عالمؐ
کُس آسہِ یُس نہ گرٛژھن چشمہٕ خم مدینس منٛز

مےٚ گوٚژھہ نہٕ واتُسہِ وٕنُن کانٛسہِ زِ وۄتھ وُن واپس نیر
مُسافرس چھُ یِیُٚ یوت غم مدینس منٛز

وۄمید چھُم زِ بنَے سٕتھٕ گردِ پا میلیم
مےٚ خاکہٕ ستۍ برُن چھُم ہُلم مدینس منز

یُہَے وسیلہٕ بناوُم ژےٚ نِش ینگ آقا
یُہَے یہ نعت لگےٚ بوزتم مدینس منز





چھےٚ وُنۍ دِوان تہٕ ژھاران آدمس پیٚہ زیٚین
یِنٛن بُنُن تہٕ پیٚنٕز داٗدۍ باوِ کَس یہ زیٚین؟

نہٕ دِہی گرژھان یہٕ اَکھتاہٕ نے دزاں زوٗن اَس
گوٚلاب دوہلہٕ، شَبس اَس لوٚلہٕ مَس پیٚہ زیٚین

چھُ کیاہ یہ راز سیاہ شب وُچھتھ تہٕ چھُکھ پرٛیزان
پرٛژھان آسہ لوٚتی گاشہٕ تارٕکس پیٚہ زیٚین

یہ ناد لایہٕ گُلن یام بوزِ سوٚنٛتہٕ صداو
دوہے تہٕ روزِ نہٕ آییزٕ ڈُدونَس پیٚہ زیٚین

کھُزر چھُ تار گَنٕے، اَتھ نہٕ کانٛہہ شٕکے نہٕ شُبہہ
گواہ فلک تہٕ خلق سارِنے ئرَس پیٚہ زیٚین



واوِ رٕنگ اُس، تمی ووّن مےٚ شبس برٲنٛدس پیٹھ
یَس نہٕ زٕنہہ آسہٕ ییٚنۍ، پرٲرِ زِتس برٲنٛدس پیٹھ

یام نیران چھُ نوّن تاپہٕ ٹیوٚکاہ کاہہ تہٕ تھےٚ
شیٖشہٕ کوہ نُس، سہ وُچھاں شیٖشہٕ کوہس برٲنٛدس پیٹھ

دَم گرٛزھاں أنہٕ وُچھتھ کیاہِ مےٚ ہُتھ کمرس منٛز
بَس ییےٚ یوت ییےٚ یوت پرٛزھس برٲنٛدس پیٹھ

ٲلمہ ژٕےٚ لوکچار چھِ تم پڑرہٕ سِنۍ پانس ستۍ
کیاہِ کُن زوّن تہٕ بہتھ زوٗنہٕ شبس برٲنٛدس پیٹھ

سۍ سٕہ جنگلُ مےٚ ژٕہتس پیوم بَرس لنش واٚتتھ
ہُنۍ لگَن زنتہٕ ووٚنُم بانہٕ مہ کھَس برٲنٛدس پیٹھ



اُشہٕ ٹاری چھس، پہٕ کیازِ فقط کوترن وُچھان
اکھ پست قد نظر چھےٚ مےٚ کُن حارِتن وُچھان

مُمکِن چھُ دوہلہِ آسہِ نہٕ بُلبُل تتھِن گژھان
شامن سہٕ ڈری چھہِ آسہِ مگر میٚنے وَتن وُچھان

لوکچارِ میثانہٕ ستی ژھیوٗنکھ گانٹھہٕ بیٚثارِ پَن
اَز تام میٚثانٛی یار چھہِ میثانہن اَتھن وُچھان

سونٛچان چھُس زِ آسی مےٚ کم لعلِ بے بہا
کَس باوِ کیازِ چھُس پہٕ شَبس تارکن وُچھان

پَتھ کُن کہنٛژِ تہِ روزِ نہٕ نَے شوق نَے طمع
ہم گُل فروش روٗدی اگر سوسَنن وُچھان



سٕہلاہِ بُزی گوٚمُت، نہ گوٚمُت اوس نارِ بُزی
سوزُے شہرٕس اوس گوٚمُت انتظارِ بُزی

سوے پھُٹِتھن وُچھس مےٚ دوٚہے، ییٚلہِ تہٕ گاٹھ ووٚتھ
سوداگرس چھےٚ واٗنس گٔمٕژ ناوِ تارِ بُزی

روٗدُے نہ کاہنہ تہٕ دری چہ سلامتھ مےٚ چھم خبر
اَتھ سُنٛز زٕہے زِ آنٕہ مگر گےٚ سٕنہٕ نارِ بُزی

دوٚہ دِہِن بُرن نہ کیٛازِ یمن تَل امارِ مُتو
یم ویرِ وار کیٛازِ گژھن گلزارِ بُزی

تہٕ شوق یم گولاپہ تھرِہن پوٚشپرِ ذٕ گٔتھ آسی
تم شوق موٚنڈی نارِ پوٚتُس وار، وارِ بُزی

# وقتہٕ ــــ چانہٕ ناو

وقتہٕ!
سۄنتکہِ رخہٕ
زالیوٚ مُنزٕ ژۄنٛگھ سیٚکہِ موکھٕ گھے
پوشہٕ لنٛڈٕ گاہے پھۄنٛکھ
میانین اَچھن انٛدر،
گھے لوٚ ہوٚت صُبو پرٕ زلیوٚکھ
گاہے کاروانٕچ گرد،
حیاتٕچ میلہِ پٹہٕ سیدکھ

ستن سۆدرن کوٚرُتھ گُل بێل
پڑاواہ اکھ، تہٕ بٔس۔

وقتہٕ!
مہرِ بہٕ رٔختہٕ
ژھێنہٕ ہیٚتو جامہٕ
زرد یمتو گُلہہ
گُٹ زوٗن
گوٚٹ اختابہٕ
پکھہٕ پھُٹو جابہٕ وار
تے
شوقہٕ ژٕسی شہہ تٕسی یاوٗن ......

کیاژِ تقدیرس لیوٚ کھُتہ تی
یینہٕ لیکھِتھ اوسُے کتابٕن

وقتہٕ!
بُہہ ژٕنگو رٔختہٕ
سارٕی عکس،
ہتم منظر بہارکی،

گاش پھوٚلِنہٕ وِز،
ژٕنُک سمکھُن تہٕ سمکھِتھ
خوشبو یاہ انہارٕ خابَن ہٕنٛز ژھٕلی
ژھُم مےٚ سورُے یاد، سورُے چھُم ژٕھٕلتھ

وقتہٕ!
دِم کیتیاہ صدم دِکھ
ژالِہ سورُے،
بس یہٕ اَکھ عرضی کرٕے اَز

دوٚن اَچھن انٛدر مےٚ ژٕھرِتھ کھاوِہٕ ژھم
یادٕ وُترِچ رنگہٕ مشدوٗری
اَزٕ ڈَب تھٕ اَز تہٕ پٕزٕ بزان
اَزٕ تہٕ تمہٕ کِس آنگنس انٛدر گولابوسال کوٚرمُت پوشہِ ین
اَزٕ تہٕ باساں پزٕ نہٕ پھُٹمٕژ ڈیڈٕ تَل
میٚانِن جَدن ہٕنٛدی یَدی گُہاں

پٔدر

یِمن پٔژ ہتھ زوٗنہٕ رأژ اندر چھُ
ازکال میٲنہٕ سوٗنچُک موٗنی کراں

وقتہٕ

پٔتہٕ کاہٕچ پھُٹ ٹھَپھ دِتھ ژٕ ییٚنہٕ ژٕلہٕ ہَم
لگے ،

ییٚنہٕ آیہٕ خالس کٔنہٕ حَیلاوکھ
یادٕ وُترچ لرٕژٕ لُہرکھ





نظرِ یمہٕ لَس چھےٚ تِمن سورمہٕ اُچھَن راٚچھ کرٕنۍ
سونٛتہٕ باپتھ چھےٚ تِمس گُتہٕ چہٕ، پکھَن راٚچھ کرٕنۍ

اَکھ گداگر، زِ رٕنیوٚمُت چھُ ہَلم تام یِمس
کوٗت مُشکل چھُ تمُس لوٗتہٕ ملہٕ موٚچھَن راٚچھ کرٕنۍ

سأنۍ پاتال گمتی قافلہٕ سَمکھن تہٕ اتی
ییٚتھ زمانَس چھےٚ پُراسرار گوپھَن راٚچھ کرٕنۍ

جانہٕ وارٕن چھ ییٚنۍ آلہٕ بناونۍ آخر
پیٚمےٚ سونچُم تہٕ ہیٚنٛزم کٔنٛڈۍ دوپھَن راٚچھ کرٕنۍ

چانٛی کأم آسہٕ تہٕ مالُٹھلہِ ڈُوٗن تارکھ نَب
میوٚن مسلک چھُ مگر زوٗنہٕ پیٚچھن رأچھ کرٕنی

اَز تہٕ پیٚران گرٕین پیٹھ چھِ سوکھکو سوداگر
اَز تہٕ شہناز رشیدس چھےٚ دوکھن رأچھ کرٕنی





ژھٕوُن پہٕ نار چھُ کالےٚ ، توٚے چھُ روٗد پہوان
چھُ راٗژھو سروِ قدٚن دٕے ، توٚے چھُ روٗد پہوان

کسُنٛد موخٕتہٕ چھُ چشمو ہٕرتھ وٚتن ڈولان
پہٕ گوٚژھ ہٕنہٕ کاگلسہِ لگُن پےٚ ، توٚے چھُ روٗد پہوان

چھِہ نیری لغزٕ پۄہلی کورِ زھٕرِ پھٕکھ کھیاوان
کنٚن گرٕژھس ہٕنہٕ گرٕژھنٕ نےٚ ، توٚے چھُ روٗد پہوان

ہٕنہٕ تارٕکن ، ہٕنہٕ سوٗ پرتیتھ ووذٕ چھےٚ زوٗنٕہ نبس
درٚیچہ بنٛد چھِہ شامےٚ ، توٚے چھُ روٗد پہوان

مُشتھ گمٕتی چھِہ ہمن بٕر ، ہٕتے ژھٹٕن خوشبوٗ
وُٕں تراوِ سوٗتھ ظُہرکٕسےٚ ، توٚے چھِہ روٗد پہوان



ہاٗر موجود، کاو ، ژٕر موجوٗد
نَے سُہ آنگن بتہٕ نَے سو ئر موجوٗد

ژھُری دِتیٚ زونہٕ نب وُچھتھ بارو
یادِ وُترِس تمِس بتہٕ ہٕر موجوٗد

یوس ونان اُسس وق چھُہ واو ژالان
اَز بتہٕ کمرِس اندر سو گرٕ موجوٗد

واوِ رِنگن وُچھتھ بتہٕ وونی لرزان
کاہنہ ژٕہنٕز کُج نہ دیپہٕ دٕر موجوٗد

وُرِی یِہ وادَن وُجار بڑانٛدس لِٚش
روزِ ہے ماگُلاپہٕ کھٕڑ موجوٗد

کُس اَکھاپوٗزٕ کھُف تمِس دِیہٕ ہے
آبہِ ہے لٚتس اگر سو نٕزٕ موجوٗد





اوس تہذیب خانس بَرس پیٹھ لیۆکھ
سانٮ۪ اَجداد زِندٕ ے ، ٲسی گے مُرِتھ

یَس نہٕ اَلٕرِ فِچ خبر یَس نہٕ بےٚ ٹِک بُتاہ
سُے چھُ ییٚمہِ داستانکو وَرق نِ ژُٹِھ

کُس شیٚہُل یارٕ بل کاٗج وقتس پھوٚرُس
شہسوارس گومُت کیازِ اَبلق مُتھ

زنٕتہٕ ووٚتھ آسمانٕے مےٚ لِش راتھ کیٚتُھ
کیاہ وَنےٚ زوٗل کیٚتھ گوو گُمٹِس خط پٕرِتھ

برخزانن ستن حُسنٕہ کِین دوٚہتہ گرٛھان
یُس نٕہ نظرے یِواں زٕنٛہہ تمٕس کُن وُچھتہ

یادٕ وُترٕس زٕنٛہے گوٚژھ نہ ژاٚپُن مۄتے شٕژز
راتہ کیٚتُت زوٚن روٚے گرٛھو نہ تھاوٕز کھٕٹتہ





خوش گوم تہٕ میٚنے سوٗنٛتہٕ زُوبن گئیٚ چہٕ وُڑو کھٗڑ
کاشہٕ کیازِ پیٚرٛژھم کمیازِ مےٚ گُلریزٕ ورق ژٗڈ

غم چھُم نہٕ زِ موصوم اَچھِن خاب ڈلس پھٗڑ
دوٗکھ چھُم تہٕ سیٚتےٚ لوت زہتم زوٗنہٕ شبس پھٗڑ

کاوَن تہٕ اَنہٕ ہیٛچ نہ خبر یارٕ بُلبُن ہٕٛز
واوَس تہٕ پتاہ اوس نہٕ یکبار پھُٹن ٹٗھڑ

کیٛنہہ اَسہِ سخت جان، تِمَو ژٗھنٛڈی سیٛکِتان
افسوس زِ کیٛنہہ یارٕ کِتھَن لوٚشہٕ تھرِلو ژٗڈ

کٗہن تام بِتمےٚ اَسہِ فقط ڈٗجِہ تھوِتھ دِل
کٗری لوَ یہٕ مُنادی زِ تِمو نال یہٕ ہنٛز ژٗڈ

# قرٕنہٕ پھیرُ

گرٛھنہٕ گرٛھتھ
کمہِ تامتھ پَکھ وَنہٕ بیٚٹھ
دوراں دوراں آوُس کاو
پٔشہٕ پٔشہٕ پھیوٗر
ڈبہِ ڈبہٕ دڑاو
ژھاین پیتہٕ دوریاو

تمۍ لوٗب نہٕ رِکھنۍ
تمُ لوٗب بٕنہٕ کھنۍ
شامن تام رودُس للہٕ واں
کمہِ تاں شینہٕ پچھ کوسہٕ تامتھ ریٚہہ
کمہِ تاں زوٗنہٕ پچھ کوسہٕ تام شہٕج واوِج

لتس اوس ہنہ پے پتہے کُنہ قرنہ پھرنگ

تُنہ گے واٹش ینہ بستی ہنر کُنہ لوئی زچے یکھ

ینہ جاناوار وسمن نلس پُرمرتی شامن باگ

ینہ لوکھینہ صحراون، پرو اوبرنن

ینہ پجبر پٹن موکھ پرارن مدے گنڈتھ شہزادن

ینہ زونہ ڈبے گئے زوئنہ دغادتھ

تنہ گوہ واراہ کال





پژ ہیتھ گاٹھ تہٕ پژ ہیتھ ناگہٕ یِہےٚ کیتھ چھےٚ نٹِن ہیبِھ
دلوایہٕ طبق نال گرٕژھن فوتہٕ پھلِن ہیبِھ

اکھ جنگ سپُد وٕ ہلہٕ تِمن تاپہٕ ٹیٚکِن ہیبِھ
وۄنی گوٚڑھ ہٕ گرٕژھن بیٚاکھ یِمن موم بتِن ہیبِھ

گہہ رۄد، گہے شین، گہے واو گہے تاپھ
موجوٗد مگر آٚلی ژرِن کنڈٕ ٹھرِن ہیبِھ

یہتہٕ راتھ پوٚژم لار وۄنی از تھُو چھُلیٚکھتھ دار
روزِے نہٕ کاکنسہٕ پرٕژھ وٕل یِمن میلہٕ کنِن ہیبِھ

میٲنۍ وجہ چھُ طوطہٕ ٲلِکھ گیوٚسہٕ وٚن یٔژ کاٗل
میٲنۍ برٛژ چھُ لیوٚکھ مےٚ مضموٗن کلین پیٹھ

وُچھ زوٗن یوٚکر پاٚٹھ دزان اَز ستہٕ گُنی ژٔنۍ
شہنازٕ مےٚ حاٗرکھ چھُ ہمن خوفتہٕ لرین پیٹھ





یام ڈیُوکھُن ریٖہہ ہیٖژِن سوٗرِنۍ اَلاوس
پَتھ وٕنِکۍ ساأری طمع سورے یہِ کاوس

گردِ بُزی ما اِنتظارس چشمہٕ سپدَن؟
کیاژِ وولکھ شام وَقتَن وُذٕ زِ واوَس

لگِہٕ گیوٚی گیوٚی پوشہٕ نوٗلَن زیٖوٗن عالم
کاکدن اندر ہٕ لٔس چھون مرلِہٕ ناوس

میأنۍ اَرمان شبنمُک سٔریہہ پوشہٕ وُتھرن
نارٕ تیوٚنگل سبزٕ گاسَس ژاأنۍ ہاوس

ہیم کِنوی شہرکۍ ہِنے متۍ روے ڈیٖشتھ
کیتۍ اَنہری آیہٕ چھُٹِہٕ متۍ یُتھ تلاوس



تاپھ ہیتھ یُس اوس آمُت تَس بچارس پھٹ شکاری
یتھ زمستانی زُوس کُس ہیوک کرِتھ ازتام یاری

زوُن تے تارکھ لبِندی اکتاہ تُسی شبنم تہ تمُ سے
یَتھ زمینس ستی شوٗبیاہ آسمانَس رشتہ داری

اوس مادیوارِ برِلِن لولہ ہوت دِل میوٗن لوٗکو
کمہِ کرِس گگ ژہ شونی طرفن کرِس کمہِ چاند ماری

گرٔبزِ ونہن آرن، گُلن، شاہ توسہ جامَن ناو یاوُن
یُس تہ یاوُن رود تَس بَنِش زِندگانی دِہن گزاری

ہُتھ وولِرِ واوَس خبر کرِ یُٔسفس ینٔو تاج موغلوٚ
ییٚتھی چکس میانہِ وستوٚ پیرِ لوٚو چھےٚ کرُٔمٕژ تاجدأری

آسہٕ سمکھے مٕژ تمٔس شہرچ ژٕنٕژ کُجٕ کاشہہ اچانک
وایہٕ والیَس طوطہٕ ژیےٚ لٕنٛش، ہے وُنچ نادان ہأری





چھُ کُس سُہ نارٕ سوٚ دُرِیُس اُمس رَگن پھیران؟
یہ کیٛاز زیٹھ جرٕن منٛز چھاہ روٚس پھیران؟

تُجن اگر تہٕ ژٔٹن کیاہِ وُشنہٕ خوٗنج کتھ
یہ کُس چھُ سون لوٗ آرتیٚخ اڈلیٚوکے باوان

دیان وولرٕ بُٹس پیٚمٹ رٔٹھ قلم، کاکُد
حَسنؔ چھُ از تہٕ کہاٗنی کشیٖرِ ہنٛز لیکھان

وُچھی نہٕ کاٗنسہٕ تمن ہوی سخی اُزٕنیک تامتھ
رَچھان آسہ یمٕن زادِ راہ تہٕ زُو خرچان

چھ شہوار، بے بُھتی بتم قزاق صحراوکو
مگر بتہنْد سُہ سردار چشم بَم باسان

تسُندْ نقل کراں کُس نہ صاب جبے دستار
مگر، کُلاہ چھے تمُس کج گُلا ہیبے شوُبان



---

لے مشہور مورخ حسن کھوئیہامی



أمس ہرُد چھُ وچھس تُل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھَن
ودہ ژُل گولاب کڈی کل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھَن

ییتِن چھُپی نہٕ وفا کاٲنسہِ وعدٕ دِتھ کوٚر مُت
ہمن گبلاسہ گُلبن تَل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھن

سُہ آیٕنہٕ خانہٕ چھُ کتھ تام جاپہٕ گرٛژھنہٕ گرٛژھتھ
یہ نظرِ گوٚے سو چھےٚ وُزمل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھن

أمس چھیٚنی نہ سو شود بود زِ لوٚز کی گیہ کیاہ
یہ سوٗنٛتہٕ واو چھُ پاگل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھن

تَتے وُچھی نہٕ مےٚ پوٚنٛپرِ کران گتھ شَمہن
سُہ نَے چھُ سون سَمن بل، ژٕ گٔری زِ راٲچھ أچھن

# رہ مُسأفِر

کیٛتھہ گرِد شرِی گولاب، سکستان لَبِتہٕ پۆدی
بے نیب میلہٕ کٔنٛز ، تہٕ بےٚ بُھتی ہم سَفرٕ زٕ ژۆور
حاصِل کھٔنٛز تہٕ آوٕ نہٕ تَس ڈُے دوہَس پۆکھ
اَختاپہٕ لوٗس مشِزٕلکو آکار رأوی تَس
کوٗنڈٕ واشس کرٛیہٕنہٕ راٗژ بکھَن پھیر لیٛدرٕ ژھوٹھ

أھتی منٛز دژاپہٕ زوٗن ، ووٚل اَسمان تارٕکو
شُبنم ہیتھ آو دوٗرِ کتبن تام موٚت ہوا
تَس چھَلنہٕ آو گرِد وجوٗد ، أچھِ پھوجُس گولاب
سَنگرٕ وُچھن گَہان تہٕ اَبلق سینکِلی ژھنڈان
دوٚد واوِ ہالِہ زَنہٕ شمٕع تَس مُسأفِرس
دیٛت زلوٗکھ سُجدٕ تمٕ تہٕ لوٚارتکھ نِیَنہٕ لوٚگ
کُملیٛپہٕ وُکھ ، زبان تِھُےٚ آیہٕ ذرٕ ذرٕس

بوزُم سلام طٲلِفکۍ رَہ مسأفرو
قَدمَن مہاجرو! پہٕ فِدا زُو تہٕ جاں کرٕے
وَندَے پہٕ لال بدرٕکہِ سردارٕ عظمتس
رٕتہٕ شری اُحدکہِ ووٕزلہِ گولابو پہٕ سَرِدمٕے
اَمنٕہ کہِ سفرٕچ لوگیٕہ صُلحے حُدیبیٕس
دَدراپہِ نِصف رأژ ووٕتھہ اوٕش رَہ مُسأفرس

دَدراپہِ نِصف رأژ ووٕتھہ اوٕش رَہ مُسأفرس
لوٕت لوٕت بُلند دستِ دُعا کرٕی مُسأفرَن
پھوٕلی آشِہٕ روٕس گولاب، ووٕمیدٕن زبان آے
پَروردگارٕ بھاو سَفر میٖوٕن تازٕ دَم
یارَب! مےٚ واتہٕ ناو تَتھ ناگَس قریِب ووٕنی
یُس بوش کوثرٕس تہٕ یمیُک سرٕیہہ چھُ زمزمس





دِوِری پل چھِ پاوان آزر ژہتَس
دِودار پاواں قــداوٗر ژہتَس

لٔبِن ســام ناہِچ سوٗ ژھینٛۂِ مٔژ کتاب
پوٗلتُس پہَتھ ہیٚنس ووٚنۍ دِلاور ژہتَس

یُھتُے سِکھ اَچھو کنۍ ہرٕلس راتھ کیٛتُ
تمی وقتہٕ پہِن تَس سمــندر ژہتَس

وٗنِ آسَن ہِنہٕ اَلبـــان آہِن پٔنن
ووٚنۍ آسی ہِنہٕ یارَن سـُـہ بازر ژہتَس

مُشتھ نیوٗل نب چھکھ خبر کر گوٚمُت
چھ قِدٕن مگر اُز تہِ کوترٕ ژہتَس

کنن گوو سِھتےٚ ڈوٗل والُن چلنٕت
مےٚ ہیوٚو کشتوارُک قلندر ژہتس





گمتۍ اطلس گدی رۄنمٕژ رفل
چھےٚ خالی گمژ زنتہٕ ژۄنیٚ پیپھٹ رفل

یِتھےٚ کم نظر لوٚڑہٕ ہن منظرن
تمی وِقتہٕ ترأوِن اچانک وُنل

چھُ وأرِونہٕ گرس منٛز سورُے مشان
چھُ مُشکِل مَشُن مالِہنۍ گ یارٕ بل

ژٕکس آنگنس منٛز دأرِتھ ہلم
کمیوٚ تارٕکن ونتہٕ گژھےٚ ژۍ کل

چھُ عرشو فرشس سئے پتہٕ موسم پتہٕ سئے
پتہٕ زوٗنۍ ژٲہ دآہم، نہ پمپوشہٕ ڈُل

گرٛدھن کوٚت، چھُے جاناورن شب کڈُن
گُلاہ آنگنس منز رُوۍ زلیوٚ چھجل





آزارٕ چھُ اَز تہٕ مگر دَگ کٔمے پٔہَن
ووذٕ چھم سٕتے درعذاب یہ شٔہہ رگ کٔمے پٔہَن

برجستہٕ سوٗنٛتہٕ کیازِ نہٕ میٛشانٛن چھوکَن پھُلَے
شاید دُنگھ گلابہٕ ٹھقرٕن سگ کٔمے پُہَن

ووذٕ آکھ پورٕ پأٹھۍ اَتھَن کٲتھ ژٕ شٔراکہٕ ہٮ۪تھ
چانٛو کتھو کرٕٹھایہٕ دِلَس گگ کٔمے پُہَن

دِوداٮ۪رٕ امیشانہٕ آیہٕ پُھتر ہٮ۪تھ لُجی ژٕتے لوٗلی
چھُکھ میأنٛذٕ پأٹھۍ صاف تہٕ چھی اَگ کٔمے پُہَن

اَسِکھ عجیبہٕ عنکہٕ لأگِتھ اُچھن دِیان
پڑون آکھ لبنہٕ زیادٕ پٔہَن، زَگ کٔمے پٔہَن۔



نازُک وُچھم مُنار تہٕ آہنٕچ کلاے تھَو
تأبیر ووٚن یِہٕ کأتشہِ سَرس وُچھ مےٚ جاے تھَو

ہزاران آبہِ شہر مےٚ سورُے گولاب ہیتھ
گوڈنیکُ مگر پڑاو چھُ ماتم سراے تھَو

یادے یِہٕ لَتس زٕ عاٗذ زُمِستانٕہ پھوٚلی گلاب
ڈِژِ زلس زمانہٕ گووِہٕ، وٗری گےٚ زٕ ڈاے تھَو

تھَو دہ دِرِ بوٗنہٕ ستی چھ وابستہٕ کُم بہار
واوَس چھُ رود خراب رَچھُن گوٚژھ خداے تھَو

شہہ لوٚسِ ہِش سورا کھ زٕ ترتیب لوٗس دِژٕلے
تأبیرِ کیا وَنےٚ یِہ ژٕسےٚ، خاہِبے ہِنیالے تھَو



اکثر کمرن اندر راتس تارکھ مالہٕ گھان
شامن باگ چھےٚ سانین چشمن سأرے زانڈ ژلان

برنکہٕ آلوٗ، لۅ ہتی پوشس تہٕ ژھوٚپۍ دوٚپۍ ناگہٕ پوکھر
کاتھہ نتہٕ کاتھہ ژھینہٕ گومُت زونہٕ شبس منٛز یاد پیوان

ہنگہٕ پشوٗ پیٹھٕ کتھ جبہٕ وُڑو ، دروازن تأری ڈُکھی؟
تھ شہرس منٛز آسن پیٹھین جامن منٛز اِنسان

پوشہ پیٹھ اکھ شبنمٕ قطرٕ چھ پوشہ دِل رشرنان
آرٕ پلس چھینہٕ وُمرائن زنہہ چھیتھ چھیتھ تزلیش ہیمان

ہے، ہے یتھ تالابس تانٔز چھےٚ گاٲمژ وأنج کرٕنہٕ
ووذٕ چھُنہٕ ظاٲلم کتھکِچھ زوٗنہٕ تہٕ راتس جاے دِوان

یُتھ سیٚکہِ سٔدرس منٛز آسے پیٚتہٕ وتہٕ طمہکو مُحل بنان
لیَس توٚگ واوَس کوٚرتھ دِیُن تُمٕ بے شخصس لُٔر چھےٚ لوٗان



# ہے ژوداٗہمی زوٗنۍ

ہے ژوداٗہمی زوٗن موجی!
وَن ژہتس ماچھےٗ پیوٗاں زانٛہہ
میانہِ لو کپارُک سُہ شام

یاد آسی میوٗن آنگنُ
یاد آسی ترٛیرِ گُجِ تمہِ آنگنٛج
یوٗس ڈٲکھس کھتاٛوِتھ،
مےٗ اکثر موج شامَن باگی آسم
چانٛ ساری دٲدی باوان
کٔنڈی ہُرہُش ماجہِ آسہِ یوس بُتھس چھجُرٛ
تمیُک سپُٚے یاژےٗ اوسُے
یا فقط یتھ میانٛ موجی اوس واقف

ہے ژٕو دأہمٕ زوٗنٕ

اچانک اَکھ سِیاہ شب آو

نَب اوس خوفناک

تارٕکھے ژھیٚتہٕ اٲسی گاٲمتۍ

سُے سیاہ شب

ییٚلہِ ژٕ اٲسکھ پانٕہ ہیٚنہٕ آمٕژ

سیاہ سۆدرس اندر

تہٕ اوسُے زاگہِ رُوزِتھ شرٕز

تہٕ باسان اوس ژاپی

وُنی ـــــ یمی دَمہٕ

اٲس سوٕ ے وِز

میأنٕ موج آہستہٕ پأکھٕن

پیَے، پتٕاہ روٗستےٚ

اِجازت ہیٚنہٕ وراٲی

کٲژٕ سیٚٹھاہ تھوٚد

تارٕکن نزدیکھ

یا

تمہِ تہٕ زیادَے تھوٚد

سیٹھاہ تھوٚد

ہے ژوہ دأہمِ زوٗنی!

سمکھان موج میأنی آسی ضنوزروٗر
لَتس ووٚنہٕ دَہ کامہِ ترأوِتھ اکھ شباہ یوگُن وُسُن
لَتس ووٚنہٕ چھے ژیرِ کُج کھوژان گٔنی ژٕنی آنگنس منز
یَتھ کُھٹس میأنِس سیأہی نال ووٚلمُت
چھُنہٕ کٹھِس اندر وٗں طوٗطس دِل لگان





گُل اَسی چھاوِنے تہٕ اوٗنُن آسمانہٕ شیٖن
ژھٕمن چھُ کیازِ لانہٕ لنکھتھ میٲنہٕ پانہٕ شیٖن

ہرنیار بھیریِتھ تہٕ دِلس تَتھ نہ کانٛہہ یَلاج
یَس آسہِ وَتھ ژٹۍ چھُ تمُس بوٗڈ بہانہٕ شیٖن

وٕیگلی ژرے تُلکُترٕ تہٕ میٚے چُن ترٛیش آرٕ پَل
سوزٕنے پہٕ ڈالِہ تامِتھ ژٕ سوزُم لِشانہٕ شیٖن

پرٛ ہتھ تاپہٕ دوٗد بَدن چھُ بِلان آخرس تَتی
تَتھ میانہٕ رازدانہٕ کنُن وانہٕ وانہٕ شیٖن

چشمن نظر کرٕس نہٕ وزاں گرٕشمہٕ کال ہیو
نبضس مےٚ تھسپھ کرٕس نہٕ لوٗبُم تانہٕ تانہٕ شٮ۪ین

پشمینہٕ کاثہ کَتان، نہٕ گُلریز کاثہ پُران
ڈٕڈٕ زلٕیس زِسانہٕ شہرٕ پیٚنس گوٚو زمانہٕ شٮ۪ین





سیٖنہٕ دِن دولہٕ سرابَن پانَے
آپہٕ سَرچھکھ تہٕ بچاوَن پانَے

کھُرِیوٚ ڈیٚنجہٕ تہٕ وأتِو نہٕ گُنٕے
چھو تُلاں کیاّزِ کھَتن پَن پانَے

بَس یُہَے، چانہٕ روٗیچ کَتھ ہِش وُژھ
پھیوٗر ووزجار گولابن پانَے

یِم گٕلِٹو اَز نہٕ پکھہ تاپہٕ دزن
پین یمن یاد شِہلو وَن پانے

روِد روٚس وُژھہٕ زٕژھے رَب اَزتام
میل زٕژھہ وُژھ نہٕ کِتابَن پانے

تِم سَمن بَل زٕیٚمن دُدی بہٕ شمع
زالِ شہَناز رَشیدَن پانے





گِرِدآبَس ہِگمے سرابَس منز
وائنِس گُزرِیایہِ اِضطرابس منز

ہرِدِ کُس حال آسِہ لَتِس سپدان
زِندگانی سِپَھےٚ یَس گولابس منز

سینہٕ مُژرِتھ بُتھِس پیِٹھےٚ آسان
ہانتھٕٹ ہانگِنز دری ہنہٕ آبَس منز

کُٹھاکھ سورَمَس کوٚرُکھ یِمَن چشمن
آینہٕ تِموے وُچھایہِ خوابَس منز

اَز کُنی زٕنٛ وُچھتھ ژٕوداٲہِم زوٗن
دٲر اَکھ آبہِ سَنٛخ عذابَس منٛز

میانہِ گُلریزِ ژھینٛز وَرق کَرتام
بُس یُیہٕ لیوٗکھ تٕمۍ جوابَس منٛز

ووٚنۍ ہٕ نیران ہِتم گوٗلاب تھرٕ ہن
ہیٚم پہٕ اوٚسُس وُچھان شبابَس منٛز





چون دعواہ چھُ کتھن رۄدی ہنٕہ تأثیر کرن وأل
میانہٕ اندازٕ چھ مۆجود وَتن میٹھ کَرن وأل

نَے پرژھان اَسس سو ووذ کو نگہٕ دَجن لۆ سغنٕ پےَ
نَے تمس زۄنہٕ ؤن از موکھتہٕ حجرٕ تھ أسی کَنن وأل

دژمنہٕ کانٛح تہٕ دیکھ میٚ، تہٕ وۄزُل گُل تہٕ دیکھ میٚ
سون آنگن تہٕ اگر ژاے یُہس زخم چھَلن وأل

کیا پتہٕ کیازِ نہ سمکھان تیٚلکہ ہوی وتہٕ گتھ ووذ
زانہٕ دَے نظریواں کیازِ تہٕ دیلوانہٕ کرن وأل۔

...

أسی گکن رۄدی ؠھکاں وٲنسہٕ پُرٲسرار تھـزر پُھون
بالہٕ تینٛتالہٕ! أسی چھاٲژ چھِ پرتیٖھ رٕھن وٲلی

زٕہنہ تہٕ سوٗنچھ نہٕ گُلیٖگ، کِتھ چھو کھ آسن لگی ہِتہٕ اُٹھ
گبل ژےٚ لاٚیِتھ تہٕ گھے کٔنہٕ مےٚ چلاوِم تہٕ ژٕنہٕ وٲلی





جامہٕ ژٹناوِنۍ ژٕنۍ کاٹھہ شامٕے چھیٚیو
زوٗنہٕ گاشس اَز تہٕ واینٕژنۍ چھیٚیو

یوٗنہٕ سوٗنٛتکٕو گُل چھیوو پاوِنۍ ژٕہتس
سارِنٕے آنن ٹٲلنٛژ اَز کھٕےَ چھیٚیو

اَکھ نظر ترٲوِتھ تہٕ اَلرووُتھ وجوٗد
ظٲلمو! والِنٛژ پہٕ لٕرٕ کالےَ چھیٚیو

شامہٕ بٲتی پرٛیتھ لوٚد شمع وُچھنے گھان
زوٗل کرٕنٛج زیرہٕ مٕن لوتٕرےَ چھیٚیو

اوّش جَرِن نالَس پہ موخَتس کش کڑُن
پڑھ عطائی وَن گُمشر اَزلے چھیّو

خوشبو یاہ کُستوڑی نافچ چھے پلوان
"ہا فقیرو سانہ جنگلچ لَے چھیّو"





اِنتظارس کاچھ بڑو ژھٹے دوہ ڈلے
اوس ماپےٚ موےٚ لوکچارَے چھےٚ

ژھٔتر کوہنے آسہِ یَس لَتس تیٚرِ شب
یَس نہٕ آسی کینٛہہ سو کیا ئیٚشدٕر کتے

موخترٕ جرٕنگ وعدٕ یتھ نالَس کریوٚتھ
کٔنٛز تہٕ لو لگیو ژٔرےٚ لأیتھ یتھ لرے

کٔمہٕ چھُ کوٚرمُت زوٗل، بر کٔمہٕ کھوو بند؟
کُس چھُ ینٛ یژ کاٗلی، والیس کُس ژلے؟

ویرِ تَل دَم دِیُن سیٹھاہ دۆرۆگ ییۆو ژُمس
پِی نکھس اوسُس یتہِ تی رُودُس وتے

سنگسارٕ ی ییٖتھو یتہِ گُلبارٕ ی یتہِ ییٖتھو
ژالِہ نُک عادَتھ چھُ کوتاہ ییَتھ ستنے

عار ستے میانِین گُلن ہُند آو لَس
"لایہ بَبرے، چھو کھستے لوُین تابَرے"





## پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ موٗت بولہٕ نوٗوم

(للہٕ دید)

گنٛڈ آمہٕ ہینٛگ توٗگ ناوکرٕن ، مَن سوٗدرٕ ترٕن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ
زانٛہہ توٗگ نہٕ مگر دامانہٕ پننٕ اَش وانہٕ چھلن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ

کتھ آیہ نیٚچ میٚچ برٛونٛہہ مگر اسرار تمکو تِتھو جایہ مۄشِکھ
کانٛہہ بُتلہٕ پرٛزٕھی، توٗگ کوٚنہٕ یمن لل ترٛاگ تُرٕن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ

کس لانہٕ لیکھن تار کھ تہٕ کمِس اَخت آیہٕ متھوٚن چھُس تالہٕ پیٚٹھے
تمہٕ لوٚب نہٕ کہنٛی یس توٗگ نہٕ کرٕہن اسمان پرٕن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ

میٚنے یوت نہٕ گرٕ یا زادِ سفر ، درواز نیٚبر زانٛہہ دراس نہٕ پے
میٚنے یوت مگر ہٕتھ بال ژٕتھ ہٕتھ دن چھے گرٛزھن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ

نے نیٚبرٕ مے زانٛہہ اندر توٗگ اژٕن ، نے نلہٕ وۄتھ وترٕن توٗگ مے توٚرے
سوٗنچان یہ چھُس ہے یانہٕ ژے گیاہ لل واکھ پرٕن پوت زوٗنہٕ وۄتھتھ



تلاش چشمہٕ کرٕن لعلِ بے بہا لوٗکو
پگاہ سٕہ سمکھہٕ یُس سپدِ اَز جُدا لوٗکو

گَبے گُلن تہٕ گَبے ڈُدونَس ہلم دأرِتھ
یمن بیمار أچھَن گوٗرٕھ بنُن شفا لوٗکو

کمن دوکھن تہٕ چھوکن ہنٛد کوٗڈ جلوٗ سہٕ یوُے
مگر گوٗوِے نہ کَنن کأنسہٕ ہسر صدا، لوٗکو

یمن أچھَن چھُ وُدُن لانہٕ لیوٗکھمُت وقتن
ہُمَن کنٕہن تہٕ رِوُن آبِ بے پناہ لوٗکو

وَدَو تہٕ خوب وَدو سأری أسی وَدو یکجا
وُلیٖو سَمو تہٕ مقرّر کرو دوہا لوٗکو



وولِہ ڈُدونس ئُوں عذاب اَنُو
کُنہِ جبایہِ تازٕ گولاب انُو

چھُ بنان اُچھن ژلِہ ما کجر
وولِہ سورمہِ اُسی بےٚ حساب انُو

ژےٚ دوٚپُتھ تلاو کھُنوپتہ کھنٕ
مٔتہِ وَنیٖہ ژٕے، کِتہِ آب اَنُو

کِتہِ ئے سُہ کتُے جِہ وُڈوُ سُہ پھوٚر
کِتہِ راوٕمژ سو کِتاب اَنُو

اَسہِ عادٕ چھےٚ کُنہِ غاٗر انن
کُنہِ ساتہٕ پانہٕ عذاب انوَ

یتہٕ گُل اٲنتھ چھِ تتی بٔدس
مےٚ پژٲرھان چھُکھ کتہٕ خاب انوَ





نہ وُتلِی نظر، نہ بھرٕ ہٹل شہر، نہٕ پکھے ژٕٹان چھ کوترن
ژسےٚ کمُووِنے، ژٕ ونان کیاَ، اژسےٚ یقین کوٚرِتھ پٕرژھن کتھن

نٕہ چھُ رحمتک سُہ اوٚبرٕ نبس، نٕہ دعاہ ہیم شبس اُرژ
نٕہ مشالی کاتھہ، نٕہ چھُ زوٗ نہ گھہ، نہ سرائے کاتھہ چھےٚ مُسافرن

نٕہ خوٚشی ژمن چھےٚ بہارٕچی، نٕہ غمے زٕ زردِ سبز فضا
چھ دِیان گام ژٕ کیشازِ چھُم نہ گرژھان گُکُلٕہ صدا کنن

یہ وجوٗد میوٗن تِہ مُنتشِر، چھ ہُمن تہ اَبٕ دِلکو رُتل
نہ چھُ سالکن سُہ تلاشِ حق، نٕہ اَچھن سو تیز قلندرن

یہٕ دِوان ناد گٔمٕس تہٕ کُس یہٕ صدا یہٕ آہ وٕ بُکا چھُ کیا!
زِ وُزان ناگہٕ پوکھر اَچھن، تہٕ گٔرڑھان چاکھ چھہٕ پر بتن

چھُ لوٚ ہے، لوٚ ہے مےٚ سمٔکھ یوٗے، یہ چھُ ئے سُہ موٚت زِمےٚ ییٚمو دوٚنُم
چھُ سمُن تہٕ ذکرِ خداکرُن تہٕ پرُن درُوٗدِ وَدن وَدن





یُس چانہٕ ڈیڈٕ ژاوسہٕ چھُے سرسری وُچھان
ہے میثانہٕ شہرٕ لکھ ژےٚ فقط گاشہٕ لِ وُچھان

اَنہٕ ہور یارٕبَل تہٕ دیاں ویسٕو ژٕ کوٚت گُژھکھ
کوس آسہٕ لیُس وَتَن چھ فقط مالِنی وُچھان

ژیۓ گوٚسے مُشتھ سُہٕ ناگ تہٕ یَچھ وَن مُسأفروٚ
چأنی یٔدی آخ ازتہٕ سوگُنز زٔنی پٕژی وُچھان

شہرٕس چھےٚ تیٚلہٕ سڑکہٕ، دٕبے دٕہہٕ تہٕ لارٕ لار
شبنم، گولاب، تازٕ ہوا گاہہٕ کی وُچھان

شُری تازٕ رٕشتہٕ لیکھنہٕ چھ کمپیوٹرس، بٕہتھ
بَب اوس اَز تہٕ روتلہٕ پرأنی بٕہی وُچھان



لُرچھم پہنز، یِہ کاَژ تہٕ پامال اَسو تن
لَر ترٲوِ ییٚتھ ژۄ یاٗرِ زٕلرِ زال اَسو تن

یِتھ وَن گرٛدھن ییٖ نہٕ ژے قدمن زٕتھیے یرہ
چانِن اَچھن وَیان تہٕ یِتھ کال اَسو تن

کوترٕ یکھن ہیٚنکی نہٕ وۄزُل رنگ زٕتھہ سُہ دِتھ
کِتیاہ تہٕ تَس اِرادٕ وُچھل وال اَسو تن

دۄشوٗنی وِچھتھ وۄ تھان تلاطُم مےٚ چھُم دِلس
کاتھہ اَینہٕ اَسو تن، سُہ دِوری بال اَسو تن

پھُترِس پیمتِ گلاب کران اوس یُس جمع
گومُت تمُٕس تہٕ اَلفہٕ قدس دال آسی تن!

پے چھُم غزل ونان مچھ کُس، کُس تھُران شار
شہنازِ میثون کاٲہہ تہٕ سہٕ ہم کال آسی تن



# سُنٛ زٕوٗر

اچانکے

پۄےَ پتاہ ورآیِی

سو خوٗبصوٗرتھ قدم ٹُلاں وأژ

یارِ رٕٲش

یارٕ ــــ

یوٗس گوٲہ سأہرِ سے

کنٛھن،

سوٗنٛتہٕ شوٗخ خابَن،

تہٕ ہرِدٕ زردی

رٕتمن پدٕن دوٗن

زِ لبتہٕ کھٔسی کھٔسی تہٕ شوق پکنک یمن پہٕ سوراں

یمن اُچھن

وُچھ یموجدأیی ،

اَیزٕ ی قسم پرٛارنکو

تہٕ

لۄوز اِنتظار لوگک یمن شۄرپہتہ گوو

اچانکے گۓ کَنن تمُس نۓ

پہٕ کُس گبواں اَز !

پہٕ شوقہٕ ہۄت کُس ؟

کمُس چھُہ ژھاران ؟

تمُس ژٕ ہتَس پیوٚو

تمُس ژٕ ہتس پیوٚو

سُہ — ییٚمی پھُٹرٕ نَے بینزٕ تہٕ مُتو مُتر گیاو کیتھ تام وُجار شہرس

سُہ — یارِ وَلنٕی کمر پھُٹرٕ ییٚمی

سُہ — آرٕپل ییٚمی چھِ خوشِک کٔری متہٕ

یہ کُس چھُ آمُت ؟

یہ کُس گیوان اَز ؟

یہ کُس ودان اَز ؟

یہ کُس وَدان اَز؟

اچانکے لوے دۄرِ کُنہِ تام تیٖر

سپنس سیٚودُے تمُس لوٚگ

تہٕ دۄرِ سٟنز زۄر آو ہم ہَم کراں

تہٕ ہیٚوتنَس کھَنُن اَچھن دٕون

یُتھے وُن لعلے وُجار گژھہَن

تہٕ نیٖرِ سنہٕ ہَن رُمس رُمَس تَس

اچانکے کھوٚت اۄبرُ تہٕ لاگِن شدید بارِش

ہوا تہٕ گگرایہِ

کرٛایہٕ کرٛاپھے

دَبیٚایہٕ اَتھو تَل سو نَے ، رِتھ لَے

بیدار گیہٕ زن سو نِصف راتَس

چھو ہنو اَتھو ژٕ ژٕول نہٕ ژۄر وایس





سارِ سمیٚک لٲلہٕ وان آسہٕ پٕہ ووٚنی
تارِکن گٔژریٚنڈ کران آسہٕ پٕہ ووٚنی

شام سپدِتھ دِلہٕ کٔس صٔحراوس
لٔس پتہٕ طوٗفان وۄتھان آسہٕ پٕہ ووٚنی

زوٗنہٕ گاشس مژ گونٛژنۍ بنٛد
یوٗسفنۍ زار ونان آسہٕ پٕہ ووٚنی

یتھ زمانس کتہٕ گےٚ فُرصتھ تیٚژ
دردٕنۍ ہیتھ سۄ نژان آسہٕ پٕہ ووٚنی

یاد آسَن ٹیتہٕ کَس مٔنزلی بأتھ
کاتھہ تہٕ شٕرباشہٕ کران آسہٕ ہٕن ووٚنۍ

شہسوارس، سیکہٕ ماداَنس منٛز
میٛون وٕنۍ زٕلس زَودان آسہٕ ہٕن ووٚنۍ

ووٚنۍ چھےٚ لجٕمتٕر ٹیتہٕ وہراتھ ژوٚپأرۍ
میٛون آنگُن تہٕ دزان آسہٕ ہٕن ووٚنۍ

اَز تہٕ آسَن کھترٕ بیٹھ پوشن ، مگر
مُشکہٕ ادفر سوٚزھٹان آسہٕ ہٕن ووٚنۍ





لأزمَن از وُزَن ناگ تتھ بوٕنہِ تَل
اُز سَمن رأوِی مِتۍ یارَسۍتھ بوٕنہِ تَل

کر پیٚنۍ یاد وَن ہارِ ، کر گام یِکھ؟
دوستَن سیتۍ وَن کَرٕ وُچھتھ بوٕنہِ تَل؟

ناگ اَسِکھ پدٕن تَل، شیٚہُل تالہِ پیٚٹھ
کربلاہِچ کران اَسۍ کتھ بوٕنہِ تَل

یوسفو! زوٗن ژٔندھارِ لٔگ ہِش درٕس
ژیٚنۍ وَتَن چھے وُچھان ازتہٕ تتھ بوٕنہِ تَل

یِم شِہِلی گُلہٕ ژٕٹِکھ یاد ہِتم کَس پیٚمتۍ؟
کوٚ چھُ ہوٚرمُت اَچھو کِنہٕ یہِ رَتہٕ بونہٕ تَل؟

ژمُو سَنُج بِلگُلۍ سایہ روٗس گَے نہٕ اُسی
لُس تہٕ کاہِتھہ دُپہرس بیوٗٹھ آکھ بونہٕ تَل؟





سوٗنتھ پتھ زٕوٚل دِلُکٕ غُبار کٔرِ
خوش پوٚژٕ آسو حبابٕہ وار کٔرِ

بٕان تمہٕ کوٚر حوالہٕ کترٕ نٹس
موحبتن زٕھور ناوٕ تار، کٔرِ

گردِ سٕری ترلیشہٕ ہیتٕ وُچھم سآری
پوٚز مےٚ گٔے نظرِ شہسوار کٔرِ

دٕز زٕنٕزکُج سو سانہٕ لوکچارٕچ
ووٚزٕ بُہارُک مےٚ اِنتظار کٔرِ

سرسٕری نظرِ وُچھ، پتہٕ ٹٕکو پانس
کرٕی گوولابو لوٚتے شکار کٔرِ



پوٚت زوٗن ژھم ژہتس تہٕ سو اُہی اَچھن تلے
ژھم پاسِ اَخرِچ سو بجاٰیی اَچھن تلے

صُبحک سہٕ لوٗکھٹ مار زِ ہوشی نیٚوو ژٕمو
کالگ سہٕ نار، واو تہٕ رِشی رِشی اَچھن تلے

تھیکو تھیکو مہٕ کاٰلنسہِ ہاو ژٕ ہم آنگنگو گولاب
سوٗنتس یوٗچ سو چاٰنی غریبی اَچھن تلے

ہرُدک ہوا تہٕ زرد پنکو ڈیر، اوٚبرِ نب
تَس آسہِ لاٰزمَن سو جواٰنی اَچھَن تلے

مُلرن دِیُتھ ژٕے حکم، بُھڈِس ناو میاٰنی لُج
وولُرک ہوا تہٕ چاٰنی خداٰیی اَچھن تلے



ترٕ ددِن وُشنٕ وُشنٕ نامہٕ لیچھایہِ ڈُے دوٚہَس
ٹگٕ پٕہ ژٕمن پرٕنٕ تہٕ ٹلو جامہٕ چھیٹایہِ ڈُے دوٚہَس

کیازِ ووٚنگھ نِصف شَبس لوٚکھ کھٕسِن زَبرٕوٚلس
نارٕ سمندرس لوٚیے تارٕ تریٛایہِ ڈُے دوٚہس

دژایہِ یُھٹے یہِ زوٚن ژٕنٔ، آیہِ کلبن تہٕ زلو مگر
کاٚلنہِ سمُج نہٕ کیازِ ہیم طوطہٕ کلٹایہِ ڈُے دوٚہس

راتھ تہٕ گئے ادا مگر دژاو نہٕ کانٛہہ تہٕ یارٕ ٹلو
آرٕبلن امارٕ ہٕتر باٛتھ کھنٹایہِ ڈُے دوٚہس

تاپہٕ ٹینکِس پیٚتہٕ دواں رٕوٗدی مگر لوٗتِکھ بٕنہٕ کینْہہ
کیاپہٕ وَنے کمن کمن گٔنڈِی سنٛیاپہٕ ڈٔے دوٕہس

راتھ سیاہ وُچھِتھ دوٗپِکھ گاشہٕ ورأے کیا کرَو
تی چھُہمن ژٕہتس ییٚومُت ییٚتھ نہ سنٛیاپہٕ ڈٔے دوٕہس

ژٕہری مےٚ پیٚیَے لوٗگُم زٕبِتم وأتی نہ کینْہہ علامژن
وائے مےٚ کمیٚ سا شوقہٕ ہم شاریٛر یاپہٕ ڈٔے دوٕہس



# توٗژھ

ٹھتو کُنھٹس اَندر چھہ پڑبزلان اَنہٕ
ٹھتو کمرِس چھہ ژا‌ٔنگِس پوٗشرِ زٕ گنھٕ
نا‌ٔلی تار کھ مالہٕ ترٛاواں
آسہِ یہٕ منز را‌ٔتی رالَس
اوم یَن اَلساونَس دوران ،
چشمن
آسما ہنٛز پز ہیتہٕ پڑبزلوٗنی داو
یَتِنی ڈٕہبخہٕ وہنٛج توٗژھ
بیدار





پرٛبہتھ کألنبہٕ دِل تہٕ عشقہٕ چھُ معموٗر خال کانٛہہ
نوٗرُک ژوٗپأری سایہٕ ، تہٕ پُرنوٗر خال کانٛہہ

یُس یاد پاوِ رٕتم زِ بمو وُچھ نہٕ زانٛہہ بہار
کرناوِ جامہٕ چاکھ سُہ کستوٗر خال کانٛہہ

یتھ تل دپیوٗتھ بہہ زِ دَما چشمہٕ شیٖہلنےٚ
تتھ ویرِ چھانہٕ اُس سبز موٗر خال کانٛہہ

چھکھ چشمہٕ ناگہٕ راد تہٕ روے تابہٕ وٕزِ گلاب
اکھ مُملکت چھےٚ ترٛتھ تہٕ زِ مجبوٗر خال کانٛہہ

کِتیاہ چھ جلوٕ جلوٕ کراں ، جلوٕ جلوٕ بس
ژٲلتھ مگر ہبکان چھُ کوہِ طوٗر خال کانٛہہ



رۄزِتھٕس سوار سوٗے ہۆوسہٕ بٔرِژ سو مٔٹ دوٚہَے
وُچھمٔے توٚرے چھٔلِتھ تہٕ لٔس ماٚلِہ سو فرِدیٚپٹ دوٚہَے

کیازِ ہمۆ یقین کوٚر، ژۄر پھیرٕیایہٕ مکتبس
کیازِ ہمۆ نکوٚ پینٛز سینہٕ سِپار ژُٹ دوٚہَے

شہرٕ تہٕ گامہٕ پژِہتھ أکِس لوٗکھ کیٚنان اٚتھو بیٚیٹھی
میأنۍ قلندرن توٚرے پٔر بتہٕ جاے ژٔٹ دوٚہَے

اوس ووٚزُل گُلاب أمِس روٗے تہٕ چشمہٕ ناگہٕ راد
واے بچاُر، کیناٚ وَنٔے أمِس نہٕ گابہٕ کٔٹ دوٚہَے

باگہٕ ٔبرِژہ لوٚسے وُچھکھ پوشہٕ کھٔراہ تہٕ سوٗے ژٹکھ
خوفہٕ اَمی وو پرٕ أچھو، لأو بہٕرمٔے کھٔٹ دوٚہَے



تأپر یمُنیک لوٗٹھ چھُ سخ گردِ غبارس
سےٚ خوٚاب اُچھن ژاو وٗن شہنازؔ رشیدس

ووٚذ کوٚت چھُ گرٛژھن لتس تہٕ کتیٖن راتھ گزارِن
دٕے زانہٕ مُشتھ اوس گوٚمُت کیازٕ سوارس

سوٕے راتھ زِ پھُٹرِوو شرٛلو بٹھیٖپ تہٕ قوٚمیُر ژوٚل
سوٕے راتھ دِپان اُس بہٕتُم راتھ بہارس

لوٚگ اُسنہٕ سُہ ڈُریاو زِ آواز یُتھے گے
وہرأژ کوٚلن آسہٕ یُہس آب زبردس

کاشہ شوخ نظر گژھہ نہٕ تٔمِس قتل کرٕنۍ زنٛبہ
شہزادٕ لوٚتے آبہٕ گوٚمُت ہُرنہٕ ہِشکارس

یُتھ بہرِ گوڈے زاگہٕ بہتھ واو پٕشس تَل
یتھۍ جایہٕ پھولُن اوسہٕ ژُں یتھ تازٕ گولابس؟

اَختابہٕ دژُن گوٚژھہ نہٕ، ہِشہٕژھ گژھہ نہٕ ہِشہٕچ زوٗن
یتھۍ غم تہٕ اگر اَسی تہٕ شہناز رشیدس





مےٚ دامہٕ دامہٕ أمی بِنی أچھن ژٕہتھ سو نمی
مکان میانہٕ دِلُک وول سیرِ سیرِ أمی

کُمِس کُنُتھ ژےٚ شہر وأتِتھے یہٕ گام پٔنُن
نہٕ ہےٚ ژےٚ یاد نہٕ رُودی ژٕ ہتس گبلاسہٕ گُلی

نہ شُری سوال رِچھنٕ تگو لگن، نہ شُری شوقِے
لَوے تماشہٕ کِنَن وأل نظرِ گےٚ نہٕ کُنی

بنیا، شکارِ پھٹَن، کھِل وُہِتھر لگن پامَن
بنی نہٕ زوٗن ژوِ دأہم تہٕ لوسِہ شامہٕ سُلی

یہٕ کُس کران چھُ تلقین دَر گُزر کرُنک
صدیقؓ ہیُو تہٕ علیؓ ہیُو یہ کُس غلامِ نبیؐ

# پارَے ؟

پتہٕ گےٚ ژھوپہٕ
ہٕنصف شٕچ ژھوپہٕ کاٰجس باٰگ
پارَے دِہٕ وول اُوس وَنان
"تاوَن بیوٚ، ہے تاوَن بیوٚ
ژھیتہٕ گےٚ ژاٰنگو اٰچھن ہٕندی
ہوشی ڈوٚل قدمَن
سوٗنچہٕ صفن چھُنہٕ لیٚکھنہٕ یواٰنی نوٚو تحریر
دِلہٕ دُبرایی شٕرپ صٔحراوُس
وہتھٕ ہہٕ ہٕ ہٕ ٹوٚ نالہٕ دوان
العطش کراں
خوشبوے گُلن ہٕنز
زوٗن ژوٗداٰہم
شوق
امار
زوٗل اٰچھن ہُنٛد

ذگ دادہِن ہۺنز
لِبنِچ کُل یا ــــ راوَن تیتوٗل
پرٕہِتھ انہار
پرٕہِتھ آکار ــــ پھلہِ پھلہِ سیکہٕ موٚکھٕ
وُٹھٕ گوٚو ایٚحساس، ہے وُٹھٕ گوٚو ایٚحساس"

یارے لوٗزِتھ گوٚس یہٕ زن مَس ہنٛدرِ ببٕدار
اُتھ مولہٕ ناواں گاشہٕ سوٚدر
ہوش پدہِن پٔھم
سونٛچہٕ صفس پٔھم قلم لیٚکھان
ایٚحساس زِنٛدٕ ے
دِلہٕ ڈُبرایِن منٛزٕ پٔھم خابَن ہُنٛد سرگم
وہِتھ منٛز ناوِ نژاں
شوق گوٚو لابن مالہٕ کراں
کیٚنٛہہ چشمہٕ برس بیہِتھ وَتن وُچھاں
کیٚنٛہہ جامہٕ ژٕٹاں
کیٚنٛہہ نامہٕ لیٚکھان
کرٛتھ باپانہٕ یہٕ یارے کرٛتھ با؟
یارے دِیٚتہٕ واٹلس کُنہِ ووٚن ایٚحسا سے موٚد

وَتہ بیہہ ڈراس تہ پُرزھمکھ

کوّت گوو؟

پارَسے دِینہ وول کوّت گوو؟

ہے بُنگہٕ گےٚ تم

تھلہٕ تھَلہٕ وُچھہَم

تھلہٕ تھلہٕ روٗدی وُچھان





تِمبِر موکھٹ ہے ، نار ہے
گُل تہٕ ہے ، گُلزار ہے

مےٚ اَچھن موجوٗد آب
نیٖل ناگس نار ہے

مےٚ چھےٚ ہٲلمس سکھ بٕرتھ
چھُس کٕناں سبزار ہے

آلہٕ واں دستار مےٚ
چھُس کٕناں دستار ہے

داستان اڈلیوک مےّ رُوس
قاٗفلکُ سردار ہے

ہتھ اپڑی میّے گڑی ، مگر
قدرتگ شہکار ہے





شیٚچھ ژٕریکھ ہیتھ آو اَکھ
مَن نٔرسس پھٔٹ ناو اَکھ

بیٚیہٕ چھُم، مشکیٖزٕ چھم
کرٕ عطا صُحراو اَکھ

گرٕد بٕرٕی گومُت مگر
برٕنہٕ لیکھتھ ناو اکھ

وقتہٕ! یادٕے چھُم، ژٕریشُا
بختہٕ بوٗڈ آیاو اکھ

یار سارے گئے مُٹھ
از مگر یاد آوو اُکھ

سٹھ زمین آسمان تُوں
ڈیٹھے بیٹھ بس داو اُکھ





بہچان گمژ مألہٕ تمن اُس ، نظر رأسی
کم أنہٕ ورفتار أچھو میلہٕ کنہٕن کھأسی

تم یارٕ زِ بادأمی أچھن خألی تمن رأوی
سمکھان نُبھتے أسی تہٕ کم دأدی بلان اُسی

یُس اوس ٹُلاں یارِ وُہنچ کنھ تہٕ ودان اوس
افسوس یمی شہرٕ لۆتُس روو سُہ وٕلنوأسی

کتھ وُژھ نہٕ کہنٕی بجدٕ ونچ ییوو نہٕ ژہتس کاہہ
دیوانہٕ دِلا! وَنِتہٕ پھٹان کیأزٕ ژسے وسوأسی

محفل سو أچھو کیازٕ وُچھم میأنہٕ خدایا
دستار سرِس أسی ، نہٕ سرپوش سرَن اُسی



تَتھ ہراں لول، فقط لول کٔرن یوٚس تہٕ کتھاہ
ٹلِہ دِلَس وَہمہٕ پہٕ رہگُپر مےٚ دِیُن گوٗژھنہٕ دغاہ

کیٛتہٕ دروازٕ وٚتھی اَز تہٕ وُچھم زونہٕ شبس
کیٛتہٕ جانانہٕ کراں وِرُد فقط نامِ وفاہ

تِم لَبن نیوٚل، چھَرا نیوٚل، چھرا نیوٚل فضا
سأنۍ کوتر تہٕ پکھن واتش کڈن، اَز نہٕ پگاہ

شوخ نظرے نہٕ ییتھن کاڈ گٔڈتھ آسہٕ ہیکان
تَتھ زمینس چھِ ووٗزلی پوٚشِ وَوِنۍ عأنۍ گوٚتاہ

سوٚتہٕ ژُہہ ڈوٗی نہ سبز خاب، ژٔبے کوٚژ نہٕ گوٚنگُل
لوٚتہٕ روزان دوہے چھم مےٚ اَچھن تَل ذاں کھاہ



کیٛاہتام گےٚ مےٚ زیر تہٕ ٲہروومَس کلاے
تہنا پہٕ روٗدُ بےٚ نہٕ مکانَس سپنِز سَراے

اَن پرٕ اَچھَن مےٚ لول زٕیٖنہٕ دوہ وُچھکھ بران
سُے اوس دوہ گُلاپہٕ مےٚ رُوزٕنے نہٕ چاٗنی ماے

شیٛہلاوِلُیس وجوٗدٕ شیٛہجار لوٚب نہٕ کیٛنْہہ
نادان چھُس زٕ بوٗزٕ بدل مُنْج مےٚ سروٕ ژھاے

ہرموکھ، ووٚلُر تہٕ پانٕہ پہٕ تَھ واقعس گواہ
واوَن جتن کریٛاہ مگر نادِ لجٕ نہٕ گراے

وَصلِچ سو موخت مال ہِنہ ہِجرُک سُہ اَشُر ہُلم
تَتھ راٗز کیا سا ہاوِ یہ پھیرتھ اگر سو آے

تازکھ چھ اَز یہ راوِ متین ہُنز اَنان شیٚچھ
کمخاب ہے رِنیاے مگر خاب نَے رِنیاے



# یوٗسُف

زانہٕ دَے
لیلام سپداں کیازِ ٲخر
پرٛتھ زمانس منٛز یوٗسُف

گاہ سو مِصرٕچ بُڈ
گٔہے چھَس کانٛہہ زلیخا
ٹلہٕ ہیٚنٛج کوٗشش کراں

چھَس گٔہے کانٛہہ زوٗن
حبہٕ خوتوٗن
پرٛاوِتھ راوِراں

زوٗنہٕ رائژن منز

گژھے کانٛہہ یوٗسفاہ درواژٕ نیران

پیتہٕ پٕتہٕ پھیراں واپسے

وٲلنہٕ واون چشمہٕ چھس ژھاران،

اکثر

نالہٕ دِیی دی چھس وَنان......

"نادلایے میانہٕ یوٗسفو وولو"





یِیمہٕ ہے لوٗلُٕ آسُن گوٚژھ نایابس ستۍ
قدٕمَس قدٕمَس نظرٕ رُسہٕ گوٗڈسی یابس ستۍ

یارِ قداور رنگو رنگو سروٕ تہٕ چھوٗڑ ہتۍ ٹُٹھ
کوتاہ باوٕ ے کیا کیا ووٚتھ شہلابس ستۍ

پیٚیے ہیے اوسے ووٗتی چھُتہٕ کاہنہ بُلغار کنان
گُندُن نے گوٚژھ زِ نہے تہٕ لوٗزکھ خابس ستۍ

تمہٕ برٛونہہ بیلہٕ لتس اوس ہٕ سمکھیوٚمُت صحراو
موٚت اوس بُزی بُزی گاڑٕ کھوان اختابس ستۍ

ژٕلیشہٕ ہتین موصوم پدٕ بن تل پاڈٕ سپدُ
زمزمی آبَس اَزلے رشتہٕ چھُ کعبَس ستۍ



اَسمانُوَ تھوڈیلہِ لُتس پزرُک قد باسان
اَدِ زہرِچ تیتہہ سُقراطس نابد باسان

یَتھ صُحرا وُس پدِپدِ سورگھو ناگ وُزان
کرتاں دڑاہتی یپاری سائی جد باسان

ناون دیاواں تار تہ کاوُن اُلی لِنوان
واو تہ بعضے نیک تہ بعضے بُد باسان

سون محاُفِظ خانہ ستہ ما یتو سُہلابن
ربہ مثز لبھہ وِکھ سائی یم کالد باسان

پھلی پھلی یورکی لُور تہ تورکی یور انان
جاناوارن چھُنہ سرحد، سرحد باسان!



یُتھ ہٕ کاںٛہہ مازِ تٔھتھ دِوان چھ بوٗلی
بازرس گٔتھ کراں سٕچھے بَدٕلے لوٗٹی

سارِوٕے ووٚن ہٕ موکھتٕہ پھوتٕہ پھلین
دوستو! کأنٛسہِ لَعل تہٕ لوٗلی

ژلُو تہٕ ما پرٛاژہِ زوٗن مَس پانس
لَس تہٕ ما آپہٕ کأنٛسہِ ٹأٹھس گوٗلی

پوٗنٛبرا اَکھ سٕۓ وُچھ کھَسان اَسمان
کمُی سأ دروازٕ قأدِ خأنس کھوٗلی

گوٚپھ دِژٕے جنٛگلن تہٕ میٔٹ لوٗکو
ہا گوسانیوٚ، یہ کیٛازِ دارُے جوٗلی



مُمکِن چھُ گَژھن وارٕ وارٕ یارٕ بَل مُشِتھ
مُشکِل چھُ گَژھنہٕ یارٕ بَلکہ آرٕ بَل مُشِتھ

لو کچارٕ میانہٕ، بیٛارِ بُچھتھ ترٛٲوِ یُس ژھوزر
اَز تام گوٚو نہٕ زانٛہہ تہٕ شہ کوٚترُ پھِربٹل مُشِتھ

دوہ ڈوٚل تہٕ یاد روٗد نہٕ کانٛہہ گُل مُسافرن
شیٛہجار ہیوٚ وُچھُکھ تہٕ گٔیکھ کم چھَجل مُشِتھ

پرٛیزلان اَز تہٕ یادٕ وُترُ چھُم مےٚ راتھ کیٛتھ
تارَکھ تہٕ زوٗنہٕ نب مےٚ گژھنہٕ چھا سَہل مُشِتھ

سیٛکلبن لُگِتھ تہٕ اُس گُل تاپہٕ وَن منگان
شاید گَژھان چھَس نہٕ سو ہرموکھ وُنَل مُشِتھ



یُیتےٚ ژٕ وُنۍ زِ تمُس ٹاٹھِ یارٕ آیہٕ پُھٹن
طمع ژٕھو کے یہٕ اگر نَو بہارٕ آیہٕ پُھٹن

دیان لبنہٕ ہیکھ تِ چھ پرٕدٕ نیتھ تھاوان
سُہ کُس رلاوِ نظر، وارٕ وارٕ آیہٕ پُھٹن

ژٕ سانہٕ گاٹِھ اگر ترٛاوِش چھیکھ یہٕ، ناگ ہوکھن
اَنکھ یہٕ شیچھ ژٕ تیٚج شہسوارٕ آیہٕ پُھٹن

قدم ووں یُس تہٕ تُلکھ بایہٕ کرٕی زٕ دوٗر نظر
کنبن ژٕلارٕ زٕلکھ بُتھ تہٕ دارٕ آیہٕ پُھٹن

یوتہے وجہ چھُ زٕ تازکھ چھ ژٕہری زیادٕ ہران
مےٚ اوس پےٚ زٕ امی اِنتظارٕ آیہٕ پُھٹن

# کاژِ گوٚر[۱]

اکھ سناہ گُذرِتھ،
نِنگاہ کاژِ گوٚر بیدار گوو
تُس ژھٔٹس بیٚوو سُے سُہ گام اَز
یتھ پوٚتُس کٔدلِ گیوو سُہلاپہ بُزِی
یاد آیَس کوچہ تمہِ گاہکو
تتِکو ژِتم سو رمِہ ٹاٹھ ری،
اختابہ اَڈ سأرِے سو بستی
اَسو اَنھہ سأری آنہ یمہِ کِس پژ بھ برس پیٹھ
اِنتظارُک روٚف کران
سُے سُہ گام ......

کاژ گرِٕ لٔب زن یمہِ زل سوٗنٕتہ برٕونٔھ

نارٕ ہیٚوتنس یادٕ وُترِس

گام وسیٚج کل گنےٕ لیٚس

کھوٗ و تمیٚ سودا برِتھ تھُتھ زإُنہٕ

پرٕاُنی پأُٹھو کالے

پا لنٕس تمہ ہیوٚت وُنُن

آسنہٕ اُچھ دارِ پرٕاراں مانٔز گلیٚ ہیتھ

بٔٹگرِ بنٔز آسَن سےٚ ژھاراں

کوچہ گلو، پرٕہتھ داُر، برٕ، آنگُن

مُدٕ گنڈِتھ وَتن میانٕن وُچھاں آسن تِتھے کِنی

گام واُتتھ لتس کھوٗرِ بے ڈٕل

لتس اُچھو اِنکار کوٚر وَتھ ہاوِنس

وُٕنٕدِ تِن

پوٚز لوٚب نہٕ کینٛہہ تمیٚ

نادلایاں پھیوٗر کوچن

کاژٕ گوٚر آمُت پہٕ چھُس یٔژٕ کاگٲلی اَز
وُٕلِ وِسو ژٔندرٕ وِہ بے لوٚ شوٚ، کوریوٚ و
وُٕلِیو سوداہیٚیوٕ"

کاگٲشہِ نٔے بوٗزی مگر آلوٗتٕ سندی
پرٕ ہیتھ نظر انژ آٲنی، پرٕ ہیتھ درواز زوٚر
آسہٕ ژٕتم اَچھ دارِ واوَن کٔش گُڈٕ ہتھ چھُکراوِمژ
اَس دارٕ ہِن بیہِتھ عجیبے پرٕ دِیہِ چھُس کھ
گاٲمی گامے نقشہٕ ڈوٚلمُت اوس،
بدلیوٚمُت خبرکر
ووٚنی بدٕ لیوٚمُت کاژٕ گرٕ ی سُنداوس سودا



---

لہ کاژٕ گوٚر = سُہ شخص یُس زنانَن ہندِ سنگارُک ساماہٕ ژاژٕ منز بٔرِتھ گامہٕ گامہٕ پھیران اوس۔



أسی چھ کأشری گولاب ہیتھ آمتۍ
شیٖر لل ماجہ ہُنٛد چھیتھ آمتۍ

أسی چھ واوس شہس، شہس وأقف
وأنسہٕ وادَن وُچھان وبتھ آمتۍ

یام لُج ناو بوٚڈھ تہٕ لوٚکو وُچھ
أڈی چھ گوٚڈ أڈی چھ کھٹِلو کھیتھ آمتۍ

یم چھ کھوژان واوِ کِس ناوس
زنتہٕ أسی نہٕ ناوِ کیتھ آمتۍ

گرٛشمہٕ لٔب وپر، شیٖنہٕ لٔب گُلریز
پرٛأنی موسم تہٕ پرٛأنی ریتھ آمتۍ



کُس چھُ لُس آر اَنی میثون ، ونی نار ہیٚوتھ

میانہٕ ڈرِ یاوِ ژےٚ آواز دِیی نار ہیٚوتھ

یادِ ووترِچ یہ عمارتھ چھےٚ ژٕ واپاری دزان

کُس مےٚ پٔرزناوِ اگر پزٕ ناہ بٔہی نار ہیٚوتھ

کُس چھُ لُس بیٚو وِنہٕ سینکلو شہرس ڈرِ یاو ژہٕ تس

کأنسہٕ لوٗگ ژٕ یرِ ہُنا کأنسہٕ سُلی نار ہیٚوتھ

لأژ تاوَن چھُ ، گرزھن ہےٚ یہ گرزھن کوٚت وُن ، بچأری

یِتھ بُتھِس پیٹھ نہٕ کُہنی ناو صحی نار ہیٚوتھ

بیپہٕ بے پردِ گرزھن خیمہٕ اگر سأنی دزن

ہوسہ مندورِ اَرزُن ترٛاو اَتی ، نار ہیٚوتھ



مینٛیو فکرِ تۄر ژٕ دارِ مہٕ اَلراو دُپہرس
وولُرس وۄتھان اَز تہِ چھہٕ سَنٛخ داو دُپہرس

اَختابہٕ نیرِ لۄن تہٕ اتی وُچھہٕ زٕ سٕرٛیہٕ چھُکھا
یِم چشمہٕ میانہٕ باپہٕ ژٕ پرکھاو دُپہرس

ییٚمہٕ صُبحہٕ دَم ونیوٚو زٕ رُوَو آنٛگنَن گولاب
کوہ مالہِ بیٚٹھی ژٕ جاو سُہٕ زن واو دُپہرس

سونٛچان کۄت گۄمُت چھُہٕ شہُل کُل سُہٕ آنٛگنُک
ہُتہٕ دارِ بیٚھِٹ بہہان چھہٕ اَکھ کاو دُپہرس

لَل موج! میانہٕ ناوِ تہٕ گنٛڈِتھ چھہٕ اُوم بِن
دیُتمَے دَیَن ژٕرٛے تارمَے بیوٚو واو دُپہرس



وُچھ دۄرِ گگٕژ وُھان تہٕ نزدیکھ آبشار
باسان چھُم زِ زنتہٕ طِلِسمی چھُہ میون یار

تھکھ مادِ تُن تہٕ ترٛیشہٕ دۄرٕھا ما چیٚنِن ژٕ نش
ہے ناگہٕ راد نظرِ ژٕ نے ماگوٚے سُہ شہسوار؟

شیٚہجار گرٛشمہٕ کالہٕ ، زٕمستانہٕ، تاپہٕ ٹیٚوک
لۄتاہ مےٚ ٹیٚوکھٕ وُچھُم تہٕ تیٚتےٚ میوٚکھٕ اِنتظار

تِم آسہٕ ترٛیشہٕ دادِ پریشان پانہٕ راتھ
تِم شوٗخ چشمہٕ چانہٕ مےٚ لگٕہَن تہٕ کُٹھ بکار

جاناورن چھُ آنپہ بچھن تام نیوٗن محال
از تام وُچھ نہ ژھٕنہٕ تہٕ نبَس کاٗلسہٕ یُتھ غبار

سوے راتھ جشن اوس ظَلیس بیہِتھ زِ جنگ زلوٗن
اَش وانہٕ کینٛہہ ژٕھوان تمی راٗژ آسی نار

"جی خوش ہوا ہے راہ کو پُرخار دیکھ کر"
بَس غاٰلبُنؔ یہِ مصرعہ پٔرِتھ پٔری زِ میٲنی شار





راضۍ اٰخر وٗں سیٚدٕ دَے بوزکھ
دَے چھُ لُبس دَے ژٕ پیاپَے بوزکھ

وۄنۍ سَرایَن وَتہٕ گَتہ مُژرَن بَر
ییتھۍ وُلنس منز ہدٕر نَے بوزکھ

بلبہٕ لٔگو چھوکھ گُلن بیٚو شبنم
سوشتہ ہوآو ، ژٕ ہردے بوزکھ

پزبتہ اٰلنس آینہٕ دِلو ، لُور نیوٚس
یوس ہٕ زنٔہہ لۄز سو یارَے بوزکھ

میشأنی پاٹھی ژِ اگر کئنے سپیذکھ
والے بوزکھ بہ ژِ ہیے ہیے بوزکھ

سا، سُہ شہناز؟ ژُھری خاب کنان
بابہ پوّت پھیر، ژِ میثونے بوزکھ



# پرٛزنہٕ

پتہٕ کالَن کرٕ نظرٕ ہیرِٛ بوٚن از کالَس
دوٚپنَس
چاۓ ترٲقی چشمن پیٹھ
چوٗن لو سر، ہے پوٚترٕ زٔنے پوٚشن
پوٚز سارٕی پرٲنی آکار
سارٕی پتہٕ کالکی تمہٕ نیب نِشان
گژھی نہٕ مِٹاوِنی
گژھی نہٕ رلاوِنی خاکَس ستی
کینٛہہ گوٚژھ تھاوُن پتہٕ کُن
کینٛہہ گوٚژھ تھاوُن ژٕرژھر تھ
تہذیب خانَس گوٚژھ نہٕ لگُن زٕنہہ لوٚتر برَس
گوٚژھ نہٕ گژھُن کنگال عجاۓبِ خانہٕ پنُن



بہارٕچ کٔتھ کرٕو ، سوٚنتٕک ہوا چھاوٕو ، اگر پڑٲرکھ
بہر صوٗرت ، سکوٚنک سرٕو گُل لاگو ، اگر پڑٲرکھ

اگر پڑٲزکھ تہٕ بوزو شبنمن کیٚاہ پوشہٕ برگن ووٚن
تہٕ کٔتکٕچ دٲر مُژرِتھ زوٗنہٕ گٔہہ چھاوٕو ، اگر پڑٲزکھ

وٕنٕن پھیرٕو تہٕ ہرٕن چھٕک دٕمواٗسی پوشہٕ مرگن کُن
گُلن سوٕرخی ، دِلَن اٗسی گُل ژٕہتس پاوٕو ، اگر پڑٲزکھ

سیٚنکلی اِحساسہٕ کٔس تالیس چھےٚ پرہِتھ قدمس ہُرٲنی تیٚہہ
شٕہج ژھایاٗہ ، ہترٕنی کاہٕہ ناگہٕ جوے ژھارٕو اگر پڑٲزکھ

وٕتن وُچھٕو وُچھٕو ژسےٚ لوٗسےٚ اٗچھو ، مےٚ گٔنٕزرٕی بارہا تارکھ
نٕرٕو ، سوٗنچٕو تہٕ جِگرٕکی چھوکھ تہٕ ٲلراوٕو ، اگر پڑٲزکھ



چشمہٕ پرٕ بزٕلینکھ تہٕ گۓ کہتہ تام مُتؠ مُتؠ گاش پھولنۓ
بس یُہَے اَکھ سہہ جُپھیا تم ہرموکھس کھۄتہٕ گاش پھولنۓ

آسہٕ تمہٕ وُچھمُت شُہر یرٕ کاٗلہٕ براران گاش پھولنس
پہرٕ اَندرٕ اَز چھےٚ ننٛدرٕ ترٛاۄہرٕ مُتؠ گاش پھولنۓ

واوِ ہالے ژۄنٛگ دوٚدیرٕ کاٗلہٕ، باوِزٕ گرٛزھی تہٕ ہوٚہس
کاوِ لشکر جنگلس کُن کیازِ اَز کھۄتہٕ گاش پھولنۓ

گاش پھوٚل چھےٚ لتس پرٛزھن وَن شہسوارس کیازِ ڈٲج وَتھ
حرفِ آخر پرٕ نہٕ بڑو چھےٚ گوٚزھ نہٕ یُن پتؠ گاش پھولنۓ

یا نہٕ کُتؠ کُتؠ حاٗصلے کیٛتھہ یا چھُ زھیوٚ نمُت ینٛدرس بہن
ٲلمؠ تہٕ مازِ ژھوراوِ ہے کاہہ اَتھ کُھٹس بتؠ گاش پھولنۓ



صُحراو قدمہٕ ہتہٕ دُرٕ یاو اَزٕ تہٕ دوٗر
شیٖہجار کیٖشُہ اُچھَن یہِ دِلَس کیٖشُہ مےٚ چھُم سروٗر

یہُ جایہِ نیٖرِ حُکم زِ اَچھ ہیٖٹ ہٕہ اُچھ کھوٗو
تہُ جایہِ خاب وُچھنہِ سمجدارین ضوروٗر

شبنم، گولاب، صُبحکہِ وقتک یہِ بول بوش
تگریٖے ہتہٕ لامِثال حُسن چھاو پوٗرِ پوٗر

رالتَس چھ اَسہِ وَنان ہتُن حال اَکھ اَکِس
یم لوٗکھ ٹلو ونان، چھ تارکھ ہتہٕ زوٗن دوٗر

پارَے ڏِيُوَ، ڏيئو کھ وُليو روے پئين. وُڇهو
گُل ٻُئِل ٻچوو ميٺون پہ اکھ آئہ يهہ ٻہ سوُر

وُڇهو، تهتو تہ کَج کلاه پمن پَرزبان فقط
حضرت، جناب، ظلِّ اِلاهی تہ جی حضوُر





کم یار سپدی خاب، سَنان آسہ گُنےُ زوٗن
پَے پھُم زِ سہٕ پرٛیتھ شامہٕ ودان آسہ گُنےُ زوٗن

چری گُیُش نہٕ شُرین ہُنْد، نہٕ کانْہہ یار نہٕ دیدار
بے زار اُچھو زوٗنہٕ وُچھان آسہ گُنےُ زوٗن

ییتھ جایہٕ دوان اوس اُچھو بوسےٚ گولابُن
اَتھ وانہٕ سہٕ تَتھ جایہٕ چھلان آسہ گُنےُ زوٗن

مُشکل چھُ سیٚکتانہٕ پھولنہٕ پوش، تُمُس پےٚ
اَہنار میٖوٗن لوتہٕ وَوان آسہ گُنےُ زوٗن

داماٮہٕ، زِلُس مالِہ زبٔنے گوو بٕنہ بظاہر
پرٕہتھ راز ٹھٔکو داغ چھلان آسہِ گٔژ زوٗن

چِھس خاب، فقط شوخ سبز خاب اُچھَن منٛز
شہناز چھُ تس ناو، پلکان آسہِ گٔژ زوٗن



# واو ـــــ موچھہ مئز

رۄکھٹھ تازکھ تہٕ زونہٕ یَتھ بُتھ پھشِر
یَتھ ہوا زاگہِ اوس زِتہٕ کیٚمھِن
چانہٕ تَتھ داوِ ہالہِ زول ـــ مےٚ ژۄنگ
رۆٹ ہوا کاژِ تَل مےٚ شامہٕ برۆ تھےٚ
بَس طمع بہٕ چھُم گوٚژھکھ ژلوٚت پھیرِن
گاش پھو لَۓ گوٚژھکھ ژہٕ بَر مُژرِن
چھُم یہٕ دزوُن شمع وُٚن گُل سرماے
گوٚژھ نہٕ موکلُن یہٕ چانہٕ ییٚنہٕ برۆ ٹھےٚ





یَس یُیتے یوت وۆنُن ،یِی زِ شبہہ، دی زِ نظر
پےَ کَمٕس کُس ؤنں کتھِن آسہِ پگہہ، دی زِ نظر

کۆت گژھو خاپہٕ ہلم ہیتھ ؤنں شبس،شہرٕ نبر
ٹلو کہِ دیُت کأنسہِ یتِ جاپہٕ پنہہ ،دی زِ نظر

سَطے سپُد شہرٕ کِہن لۆکھ پینٛز پرأنٛز پلو
کَس چھُ دستارکِنُن ،کَس چھےٚ کُلہہ ،دی زِ نظر

چانہِ باپتھ چھ تھےٚ پأٹھۍ کرٕتھ زوٗل . وتن
بلگٔلے شہر وفاگو نہٕ تبہہ ،دی زِ نظر

یِی کھٔٹِتھ اوسس نہٕ لۆن ڈراودیاں رالتو راتھ
لیکھنہٕ ما آسے لبن میثٕ ژگو نہہ ،دی زِ نظر



اُز تام کرٛی نہٕ کأنٛسہِ تہٕ آگاہ سکول شُرٛی
بڈشاہ یِمِس ونان چھہٕ کوّت گٔیِ تہٕنٛدی ژُری

پَیِ چھُم زِ خنٛڈ کرنہٕ بیٚہَن تابہٕ ٹیٚکو پگاہ
فِلحال زوٗنہٕ گاشہٕ مۍ شبنٛمی خیال ہٕتُرٛی

کیتھ پیٚٹھ بُلیوٗکھ، کیازِ وُچھِتھ خاب یوسفنٕ
ہے میٚثانہٕ شٔہرکانہٕ ژٔرۍ پٔھی داوِ کھُری

ویسٔو چانہٕ شہر بوٗزمۍ ناپٔد چھُہ ٹیٚوٹھ گوٗمُت
ویسٔو میانہٕ گامہٕ اَز تہٕ مُدرۍ مأنٛزراأژ ہُری

یَتھ پھیرِہَن چھےٚ لار، پکِن برٛوہٕہہ تہٕ زیٚٹھ کھےٚ
یَتھ کرٛ یٚہِنہٕ راأژ منٛز کرَن کیاہ سفید گرٛی



چھُکہٕ متہٕ وتن کمو از چھ گولاب سانہٕ گاہکو
لگہٕ ڈُدولنس اگر پئے، وُچھ خاب سانہٕ گاہکو

مَتہٕ سوٗنتہٕ کالہٕ اوٚبرن دجہ ڈٕہر کریاہٕ لوٗکن
گرہٕ ژٕلی کھیٚیاہٕ پوٗشپری بےٚ حساب سانہٕ گاہکو

یہٕ لوان پٔش مکانن تہٕ ہُمن نہ بوشی حُسنک
نہٕ یہٕ واو سانہٕ گانٔک، نہ گولاب سانہٕ گاہکو

چھُ اَیُژ زٕ زون لجمٔژ چھےٚ ژٕوپاٗری آبہٕ خانن
چھُنہٕ پوٚز کران چشمن چھ عذاب سانہٕ گاہکو

یمہٕ کین صفن چھُ لیکھتھ زہراں چھ کیاہ تارکھ
کُنہٕ زونہٕ راٗژ پرٕہن سو کتاب سانہٕ گاہکو



حوٗر، غلمان، تمیُک صُبحُ، تمیُک شام مُشِتھ گوٚو
اُسی ییٚتکِ آسی تیٚتیُک آبٕ ہوا تام مُشِتھ گوٚو

لُس کٔنن گرٛشنہٕ پیٚتہٕ سو رٕمہ اُچھن لغزٕ وُزان آسی
کٔتی چہٕ ہُند آیہٕ کُھٹس کیٛاز سُہ پأغام مُشِتھ گوٚو

خط تہٕ ثُمی سُوز تھِتھٕ پأٹھی تہٕ اسمان تھِتھٕ ییٚوٚل
رنگہٕ مندوٗری تہٕ سوے، کوترٕ بیے بام مُشِتھ گوٚو

گاش پھولنٕ چھ جمع موختہٕ کرٛن وأنی دہ تھاں تھوٚد
راتھ وأتھتھ چھُ کرُن لأزِمَن آرام، مُشِتھ گوٚو

یاد روزٕ نہٕ ژٕنٛز کُنٛج سو بینٛز سوٚنتہٕ، مگر دِل
پیٖ ونان اوس بہرحال زِ کیاہ تام مُشِتھ گوٚو



اُسی مُلےٚ آسی غلط، آیہٕ کنٛن پوشہِ ہَلم ہیتھ
تُہی یِہٕ غلطےٚ زِ سنٛگستان گژھو سروٕ قلم ہیتھ

شُرِ یہٕ اوُسس یِہٕ اُچھو منٛز بنٛکھ میانٛ گُل ارزتھ
ووٚنی گمتو سنٛخ چھہٕ پشیمان، دِیاں موختہٕ دِنَم ہیتھ

آسہِ پر تیٛتھ ہٕ نے مٕژ یِہٕ دِنَم آیہٕ اَتھس کیٛتھ
دامنس ڈٔج منٛےٚ مُرٕنی آسہِ یِہٕ پشمینہٕ ہینَم ہیتھ

سانہٕ آنٛگنٕ یِہٕ رُوِن چانہٕ گرٕکی پاٹھو چھرا گُل
ڈزاو یرٕ کالی بیٛٹھکو حاتما اَکھ سانٛزِ یِہٕ غم ہیتھ

اوس عادَتھ یِہ آمِس باغ وٚنُن صُبحکہِ وقتےٚ
لوٚنچہِ منٛز آسہ امِس پوشہٕ یِہ نےٚ اوس یِہٕ بم ہیتھ



شُرٕ چھُ وٕشفن گرٛھاں نارٕس کُن
گوس عمدن پہٕ شیشہٕ خانس کُن

ین ژٕ آیہٕ بُلبلن روزکھ
ین گرٛھکھ زٕہِہ مُبتس بہارس کُن

سوٗنتہٕ خوش؛ ہردٕ دِل ملوٗل گرٛھان
اسہٕ چھہ زِندے، شُکر خدایس کُن

تُل کترٕی روے وُچھتہٕ گرٛھن حاران
نگو جنوٗبکو اگر شُمالس کُن

فِکرِ ژٕ کأنسہٕ کانسِہ کُنھ سوٗنچ
کٔر نظر کأنسِہ کأنسِہ نالس کُن

# کُمۍ ووٚنۍ؟

میانہِ گاہکہِ رتَم شہلہِ گُلو
کُمۍ ووٚنۍ زوزریایہِ کھۍ یاہ
سوٚنچہِ کُس یتھ پرگنَس
شہجارتیٚلہِ ما آسہِ ہے

میانہِ شہرکۍ گاشہِ تارکھ
کُمۍ ووٚنۍ کرتام لوٚسِتھ گےٚ خبر کُنہ یتھ وُلنس منٛز
شام سپدِتھ کُس جراں تیٚلہِ
دامنس میأنس چھُ تارکھ مالہِ؟
چشمن کُس کراں تیٚلہِ زوٚل رأتس؟



نہٕ اُس کھٲنٛز، نہٕ کنہِن مشٕنز کُنٛز دِوٕری باپٕچ
یہ گرشمہٕ کراے، سوزن اُس ترٛلیشہٕ دوٛزھ ناپٕچ

ہواہِتہٕ اوس شُہُل، دِل ہِتہٕ اُسی آنہٕ مگر
نہٕ پھوٚل گلاب زمینس، نہٕ وٕزھ کہتے لوٕچ

ژنے سحر کانہٕ چُھ قسمتہٕ لبٕچھن ہتہٕ توٚدَن منٛز
چھےٚ چانہٕ فٲصِلہ ازنٛگ تام زِندٕ بُڈٕ مِصرٕچ

ہتہٕ زرد چشمہٕ ووٕزلی گُل مشٕگن، چھُنہٕ مُمکن
سو کرساٚ ہرٕدٕ ہِزازو کتاب پٕرٕ سوٕنٛچ

سےمےٚ وُچھ یہ پانہٕ وکالتہ کنہِن کران اکہٕ دوہ،
کھَران کیازِ ہمس دوستس یہ رُم آپٕچ



باسی، ژٕ زن یہ ران یمی شہرچ کتاب
نوٚو جنگ نامہ پٔری زبہٕ وأنج ژٕٹی کتاب

پٔرپھ دوہ لۆٚے دلیل تہٕ سرتازٕ انکشاف
یم چشمہٕ چانہٕ زٕتہٕ چھےٚ کانٛہہ سائنٛسی کتاب

نٔے بٔستہٕ پٔدی ژٕنے پھی تہٕ نہٕ چھےٚ چشمہٕ پُرسکوٗن
مانی ژٕنے کٔس ژٕ آکھ پٔرٕتھ باطنی کتاب

کٔتھ جایہٕ رٔتھ شٔھٹیوٗم تہٕ تٔتھ کیٛشا بہانہٕ اوس
ٲگی پرنہٕ شینہٕ راٗژٕ یہ زانٛتھ میۆٚے کھتی کتاب

نَظرن مے گوہ دُڑلیوت تہ یتی ڈوؔل مے حِس تہ ہوش
چھکراؤ ورقہ ورقہ مے واوَن یتی کتاب

توؔگ نے اگر سُن تہ فقط أخری رسولؐ
تجؔ نے اگر پڑنی تہ فقط أخری کتاب





گوو شام تہٕ ون سنخ چھُ گٕہل اَتھ نہٕ سناں کانٛہہ
درکار چھُ از گاش گُنتُل، اَتھ نہٕ سناں کانٛہہ

شہجارٕ رٔوس آنگنٕ وُن سپُد بأزٕ ودان اَتھو
ہوٚکھ کیازِ قداوار یہِ گُل ، اَتھ نہٕ سناں کانٛہہ

سأری چھ سجاوان پننہٕ نال تہٕ گُلدان
پھوٚلی کیازِ زٔمستانہٕ تہٕ گُل ، اَتھ نہٕ سناں کانٛہہ

بُتہٕ سر لبجُود، آسی یم از تام کنٛہن یار
اِلبتادٕ سِتھےٚ پاٹھٕ پوتُل ، اَتھ نہ سناں کانٛہہ

پرہتھ کاہنہ چھُ دَوان از وُں طِلسمأٔتی شہر گُن
ئے ناو، ہِنہ دُری یاوِ چھ پُل، اَتھ نہ سناں کانٛہہ

کوٗرمُت چھُ لکوَ زوٗل زِ لبُٕ راَوِ متیٖ انہار
ووٗلگان چھُ سخ راہِ موغُل، اَتھ نہ سناں کانٛہہ

دَم پھُٹۍ چھُ گوٗمُت گام زِ یِرتھ ترٛکھٹ نہ ییمِس زانٛہہ
سرسبز مگر ویرِ تُل ، اَتھ نہ سناں کانٛہہ





خاب ہیٚنز کھٕتو وُنہٕ کیٚنہہ کالس موجوٗدٕے
یِم گُل دان ژٕ تھاو تہٕ حالَس موجوٗدٕے

وٲنس گُزٲرِن شبنٕم سٕ شربتھ ازماوان
داغ وُچھَن ہیٚٹھ رۄد گُلالَس موجوٗدٕے

واوِکی پاٹھِہ ہِن تہٕ گرٛزھن مدٕمتو اَرمان
وتہٕ پٕدی روزن کیٚنژَس کالس موجوٗدٕے

ہیٚلِہن جامَن سُور مَلُن ہیوٚ وِزِ وِزِ تَس
سٲری آخ چھہٕ ہر موکھ بالَس موجوٗدٕے

بیٚنہِ پھوٚلۍ پوشس تہٕ بیٚنہِ ژٕل جاناوارٕو گرٕیز
وُنہٕ چھم پرٕسکو چاکھ سےٚ نالس موجوٗدے

آرٕ پلو کوٚر پیتہٕ پیٹہٕ، کرُی ہس گگ تہٕ سلاخ
کاہنہ کاہنہ داو پھےٚ میانِس زالس موجوٗدے





تم ۆشِنۍ لکھ، سۄ شیٖنہٕ راتھ دِتم
پھاژے لَش پژون کینٛہہ سوغات دِتم

شُرپہٕ لاگےٚ، ژٕ سوزتم مدرس
میسلہِ بُرہٕ ہا پلو، دوات دِتم

کینٛہہ تہٕ رودُے نہٕ سۄنٛتہٕ کالہٕ ژہتَش
چھم ژےٚ لَش کیتہٕ واجبات، دِتم

چیاوتم ماروفت نٹھو نارلو
گاشہٕ سٹری یوس کریم سۄ رات دِتم

کُکلہٕ گوگو ٹُلاں چھُ کرٛالی چھوکن
بار اِلاہی سۄ کھیچ برات دِتم

# آگُر

یِیٚلی زوٗنہٕ شب آسہ
شبنم تیٚلی سپدِ نازِل
گُلاَن جِگر شیٚہلہِ
گُل تازٕ سَپدن
اگر گُل نوَن
رقص لوٗشِری کرَن
شُری نٔرشُن ہیٚن

دَوُن ہیٚن
اُسُن ہیٚن
تہٕ ماجین اَچھن مشرٕ پٔرٕ برزلَن
خبر کیتٕ تارکھ





شیٖشۍ ہیرن ڈُلہٕ زن گۓ اَرمان، تہٕ سوٚنچ
أژن زن گۓ بُتھو پھرِ یم انسان، تہٕ سوٚنچ

سیٚکلین ژھنڈِتھ وۄتھ نہٕ اگر کانٛہہ گردِ غبار!
وۄتھ نہٕ حیاتُک زَلہٕ وۄن کانٛہہ طوفان، تہٕ سوٚنچ

میٚشرٕ زن ڈوٚل تأثیرٕ بُتھو پھیٚرٕ واوٕ سپُد
پھُٹراوِنۍ مایِن اَبِہ یم گُلدان ، تہٕ سوٚنچ

نخلِستانکۍ خاب تہٕ بُتھِ صحرایہِ اعظم
بیٚٹھ چھی خاب تہٕ کاأنٛی لۄزُک جان، تہٕ سوٚنچ

زوٗن کھسِتھ وۄنۍ کیازِ بہٕ زخمن کرٛاٛلۍ ووکھان
تارکھ کیازِ نہٕ راتَس وۄچھ کوٚران، تہٕ سوٚنچ



تم تار کھے ہرِیایہٕ یمن پیٹھ نظرِ میٚ آسں
چشمن دٕرِے نہٕ موکھتہٕ، اَچھ کرِ خبرِ میٚ آسں

بادام پھُلیہٕ کیتُت سو گُلِ آسں یوّت یلوان
پرٕتھ پوہٕ سونتہٕ زنتہٕ سو کھُٹران پرَ میٚ آسں

لَاتَقْنَطُوْا ہران یمٕس اوس دوّن اُچھن
سوے مُشروقھان آس تہٕ مُشران برَ میٚ آسں

زٕنہٕ دارِ ہے ہُلم تہٕ گدی یاتی آسی تتھ
دِیہس زِ حال باو، سو باوان کرِ میٚ آسں

تم دوہ زِ قدمہٕ قدمہٕ پھُلے آس یاوٕنس
ہُلمس برِتھ گلاب، ہکلس بیٹھ تبرِ میٚ آسں

# بڑٲم

کِتِس کالَس یِتھ کنِہ شہرَس اَندر
چانِہٕ کھنڈراتَن پیٹھ درِ میٲنۍ
کترِ ولۍ
میانِہٕ کھنڈراتَن پیٹھ
شیشِہ لۍ درِ چیٲنۍ





اگر نہ آبِ ہِمن چون سایہِ، ناگ ہوکھن
کَھوَکھ نہٕ ڈاڈٕ زٕ آگرُ، خدایہِ ناگ ہوکھن

نہ ہرموکھس چھُ یہ مُمکن زِ موکلہِ اوَشِ ہارِتھ
نہ سانہٕ وُڈرِ پینٹھٕکو میانہٕ بایہِ ناگ ہوکھن

چھُ پرٛ یہ قاٹچہِ پراران رازٕ پاتالُک
اگر نہ وعدٕ کرِتھ اَز تہٕ آ یہ ، ناگ ہوکھن

زمینہٕ ٹلی چھِ پکاں، چھُکھ مگر گزٕبزاں آگرُ
زٕٹے کمُی یہِ وہم کوٚرُے تاپہ کرایہِ ناگ ہوکھن

ہِمن نہٕ قطرٕ تہٕ آبک سِتؠ وُچھ اُچھن اندر
تِمےٚ ونان وُچھم جایہ جایہِ ناگ ہوکھن



رۄے وُچھنٕک کٔمِس نہٕ تجربہٕ اوس
لُس وِسٕے آنہٕ از رُٹھتھ ڈُبہٕ اوس

زاۂرن چھوٚنٛزِ ۂلم سٕتہٕ اَستانس
بٔرنگ پھُٹہِتھ تہٕ ڈٔسی پیوٚمُت قُبہٕ اوس

کأنسہٕ کھٔرِش دِژہ تہٕ کأشِہ ۂرِی کوسم
کوٚرعطا تمیٚ مے تِ پہٕ لیَس ہُبہٕ اوس

پونبرِن رٹنہٕ، یلوٚ نہٕ سوٚنتہٕ شرُیوٚ
ازوٚن یُژ کألی کھولہٕ مُت ڈُبہٕ اوس

خوفہٕ یا شوقہٕ کھوٚد ٹُلن، ووٚنی گو
لَس نہٕ دستارہٕ روٚس سجاں جُبہٕ اوس



پٕرٛزلان یوٚس اَس گرٛزھنہٕ گرٛزھتھ اَسمانَن منٛز
قأدِ سپٕز سوے تارکھ موٕکھٕٹ تھَہ خانَن منٛز

رتہٕ کولہٕ، ترٛٲیش، اوٚش، آزار، جنٛگ، صلح
زِندگی ہیٚشٕدی آثار بچھ ریگیتانن منٛز

مخملٕی بستر نَفرس نَفرس ڈٲئی زیٚپام
بأژ گرِکی، گرِ ژھاراں دیواں خانَن منٛز

وُنہٕ تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ دَروازس پیٚٹھ لول نیان
وُنہٕ تہٕ چھُ کاہٕنہ ژوٚنگ وزاں وٲرَن منٛز

خوشحٲلی ہُنٛد گچھ کرناوان أسہِ تہٕ کُھٹھِن
أسہِ تہٕ چھہ تھاوان دود کھٹہٕ گُل دانٔن مشرٕ

نَے اوُسُس کانٛہہ دلیٖغ نَے اُس تتہٕ کانٛہہ گِنٛز
دستارٕ اکھ نظرِ مےٚ گوٚو ندرانٔن مشرٕ

---

1. DIAZEPAM





گہہ دُووت، گہہ وُچھِتھ ژُ ووّت پانو
کوّت ژٕ ووُتکھ، گژھن ژےٚ کوّت پانو

کانٛہہ خریدار چھُم نہٕ نظرِ گژھان
گوّژھ نہٕ زوّزرُن یہِ پوشِہ پھوّت پانو

تاپہٕ دوّد شہسوار آبہٕ پکان
ناگہِ راۄُس چھُ آب توّت پانو

آبہٕ لوّٹ وُچھ نہٕ میانٛز یارٕ بُلن
جانٛز پاٚٹھی چھُ تژلِشہِ ہوّت پانو

یادٕ وُترٛیگ سہٕ شہر لُہرووُکھ
منٛز ویٚنوٚمے مہٕ پھیر پوّتت پانو

# دوہ دَرِ پُرژھمَس

واتِھ آچھُر کتان لۄسِکھ ما؟
کھُر کڈاں ڈیٚجِہ وَنتہٕ راوِکھ ما؟

شوخ بِتم چشمہٕ، باشہٕ کروِنۍ وُڈھ
پیٚتر سنجِپہٕ زٕنہہٕ ژٕ اسِکھ ما

کیٛازِ ژاپاں کھَرِن چھُ ھرِدِ گُنبر؟
سونٛتہٕ زٕنہہٕ اَکھ سَنان اسِکھ ما

کَتھ وٕلِسَن ہنزٕ وُژھ، اُچھن گۄے سرِیٛہہ
یۄز ونُم یارِبَل ژٕ واتِکھ ما؟

جِم بہٕ دوہ گَکھ وَتن وُچھان آسی
اَز مگر کاتھ بیرزِناوِکھ ما!



ژھێنے دِتھ میٚژیوٚی مکان تہٕ لُسی کین یاد پاو
تِم دوہ زِ کاہمہ تہٕ اوس نہٕ مسکین یاد پاو

وَن ہارِ وُتھ ڈٕلنہٕ تہٕ لگنہٕ پرگرَن بِچاٗر
سوٗرٕے ژٕنیتس پیٚیی ژٕ سہٕ نوٗشین یاد پاو

دفتر چھُ سُے تہٕ ازتہٕ چھِ سائِل تِمَے، مگر
بدلیاے کِتی میز تہٕ قاٗلین یاد پاو

آیاو کُس تہٕ جولِہ بُرٕتھ کمُ نیایہٕ خواب
وایے پہٕ سانہٕ آنگنہٕ کمُ بین یاد پاو

ژٕاوکھ پٕنُن پہٕ گام ستہٕ بازارِ بُرٕی گرٕ ھکھ
کوتاہ تِمس کرٕیاو سےٚ تلقین، یاد پاو



یاد گژھو بیٚنزٕ وُشنہٕ سوخن تاپس
کیٚنژھہ ژٕ کر تیٚژھ زبان اَن تاپس

میوٗن سبزار بچھ ژٕ شیٚہلیوٗ کھا؟
زن پیٚژھان اوس زرد پَن تاپس

کھاوِہن شیٚنہٕ بُرزی اَچھن آیُت
مَتھ گژھاں پچھم زٕ دی زٕ سَن تاپس

سوٗن اژٕہی نہٕ لوٗت اوہٕ انبر؟
ڈاج وَتھ کاٗلنہٕ دُشمن تاپس

راتٕ راتس جوٗکھُن سیاہی ستو
میٔژ پچھے ژاہِژ لوٗتے تمن تاپس



بے اراد اَز سمکھ بے مُراد یار بل
دوہ ڈُلِتھ مےٚ کاُجِ وَکھ پاوِ یاد یار بل

ئے سہ دوہ زِ تُنٛڑ پھُرٛی مالِنکی تموَ وِلُسو
سےٚ چھُ دوہ زِ لَو پَتن گوو نہ شاد یار بل

اَز تہِ شُر اگر بنکھ، باشہِ آر پَل کرن
اَز تہِ لولہِ ہوٚت دِپِی دوٚر ناد یار بل

کس ہ کھوٚت سمَن بلس یپ، تہ کس ہِ یوو ژلن
پوٚش کس اکس مےٚ وَن وٚریہِ واد یار بل

پایہ پایہ موٚد بیہِتھ، باہ ٹھس ہ لولہ مس
زَن وُجار کوٚر دہوٚو پڑی پہ زاد یار بل

# چِٹھ

لیُوکھمُت چھُن، مےٚ ہوٚچھ نہٕ مٲنٛز اُتھن
لیُوکھمُت چھُن، ژےٚ ہوٚکھیہٕ آب اَچھن؟

لیُوکھمُت چھُن، اَپٕز ووٚنےٚ لوٗکو
لیُوکھمُت چھُن، گوٗلاب ٔدٕدی نہٕ وَتن:

گوٚژھ نہٕ لیکھُن یہ کیٛاہ سیدُمُت چھُ
لیُوکھمُت چھُن یہ کوٚر مےٚ چانٛی غمَن

اَتھ ہیوٗ صاف چھوِن امار موٚنٛگُم
لیُوکھمُت چھُن، مےٚ منٛگو نہٕ لعلِ یمَن

یِی بہٕ وَنکھا زِ خاب وُچھِر وُچھ موٗدی
لیُوکھمُت چھُن اگر سوال کرَن

کیاز پانڈو لرِن وُچھتھ ژِ دِیان
لیوٗکھمُت چھُن، مہ سَن تہٕ لأنی کَتھن

سأنی کاکد تہٕ چھکھ پھِرنی آخر
لیوٗکھمُت چھُن، ز سأنی کَتھ تہٕ تُلَن

بَس وُں روزَن نشانہٕ زخمَن ہندی
لیوٗکھمُت چھُن، تمام دآدی بَلن





اِیثار تالہِ پیٹھ تہٕ پدٕن تل نِفاق اوس
کتھ سرزمینہٕ پیٹھ چھِ دپان یُتھ وِفاق اوس؟

کُس منصف رآژٕ آو تہٕ ژوٗل داغ ہیتھ دِلکو
تارکھ جٔرن کُٹھس، سُہ عجیبٕے قزاق اوس

کیا پئے چھُ انتظار کران اَس کس سو لَرٕ
وُنی کُس دِوان پیغمبرٕ تہٕ بزانُک سُہ طاق اوس

سارٕی تہٕ نے گیا پہٕ بےٚ اِتفاقہٕ کی شکار
دستار والہٕ لَس پیٹھ اڈٕن اِتفاق اوس

یُس از گوٚمُت زمانٕہ چھ بے درد گردِ بُزی
خوٚش حال، خوٚش وضع پٔہ وَنے کیاہ سُہ طاق اوس

اُز روے ہووِنم پٔتہٕ مےٚ زوٚنُم زِ کیٛشازٕ یلٕہٕ ت
تٔمی سُند یُس نٔہ زانٛہہ مےٚ وُچھاوِ ے، فراق اوس





یُس دِیَس موٗختہٕ أچھن ہُند چھُ تسٕو آب کٕنان
دزوٗگر فروشی چھُ مگر چیٖز چھُ نایاب کٕنان

توٚہہ تھالس مئے أبھترلجٕ ہٕتہٕ بےٚ پرٛتھ کار سپُد
یَس ہٕنہٕ دٕسیاب کھٕدر آس، سُہ کیمخاب کٕنان

کاہٕہہ وولرٕ چھُی ہٕنہٕ أچھن منز ژٕیٕتہٕ تریش منگکھ
کیازِ صحراوٕ بَن والہِ ژٕ تالاب کٕنان

کیازِ أپی نہ شہر یوٚت جلد گوکھ مُشتھ
میوٗن دستار خبر کیازٕ ہٕنہٕ احباب کٕنان!

تالہ گُلو دِہتہ مئے ووُڈُم، ڈُدی مئے شعوءُرکی پمپوش
عُطرَیس اُس ءِکنز ، سُی چھُؤں تیزاب ءِکنان

کیا ووُنکھ! سونچیہ کہ استانہ کوُرُکھ زوُل شَبس؟
سوُیتہ ژُسی ژائنگی گواہ، لوُکھ اَیزی داب ءِکنان





مےٚ ملرٕ ملرٕ شُبس وُچھ دزان آلبس مشز
مےٚ وُچھنہٕ زُوبہٕ چھ کوسم ہران آلبس مشز

رٕشےٚ لبنہٕ اوے تہٕ میوٗنےٚ مکان آلبس مشز
مےٚ وُچھ تہٕ پیپرٕ گوٗمُت گُل جہان آلبس مشز

کمن سارآوِ متین ہُند برٕونٹ چھکھ سپدان؟
یہ کہنزٕ رایہٕ چھ تارکھ وَسان آلبس مشز؟

اَسان اَسان چھےٚ ہلی کاٚ [illegible]
تمِس تہٕ چشمہٕ چھےٚ شامَن شرٕیان آلبس مشز

سو گرٛشمہٕ کرٕٛاے اگر یارٕ بل ہُبھٕٹس بیہٕٹھ بیہٕٹھ
پہٕ سرٕوٕ ژھاے پتہٕ باسی دزان آلبس مشرٕ

ہمن پہٕ اُس خبر ہِکھل وُٹھرٕ چھ سُنٛخ تُوزُکھ
ہتو پتہٕ لأج پٔتہٕ کم مان مان آلبس مشرٕ



# ویرٕ تہٕ گُل

کتھ یہ سوٚنچ چھےٚ گُل اُسی پھوٚلۍ متۍ زٕوِ پٲرِ
اٲنہٕ پرٕ برزلان، چشمن وُزاں خاب آسی
آس لُسوتی نٔنبر
آرِ ڈنٔڈِس ہنا لوٚن یُہن ویراکھ
سرسبز جامہ لاگتھ
وِساں
برگہٕ ورشُن گرٕژھتھ
ویرِ مُشۍ ہٕتے گمُت اُسی سأری بِتم
ہرد زردی
شِشُر

ننگہٕ سیدٕن

کُنبر

اُتھو اَندر اَکھ کُکِل

ستھ سمندر ژُٹھ

آیہٕ ـــــ یاشاہ کرِتھ بیہٹہٕ اُتھو وپرِ پیہٹ

وپرِ موحسوس گوو یم چھ پُدی زاٰیہٕ وِنی

وپرِ باسیوو یہِ آمِژ چھےٚ پرِیچ کُکِل

اُتھو اَندر کُکلہٕ گوٗ گوٗ کرُن ہیوٚت یُتھےٚ

بأتھ سونٛتکی یُتھےٚ گیوہٕ لُےٚ لبس تھےٚ

وپرِ کھٔرژ زَن کھکھَر

زن بُبر داٰجہس

زنتہٕ آلیس زباں

زنتہٕ وُژھ کُکلہٕ کُن

ہے کُکلی!

کمُی وقٕنۍ پھیوٚر سبزار میانین لنجن

بوزِ تھےٚ ووٚذ شُہُل کرِنہٕ آیکھ مےٚ لِتش

ہے کُکلی کانٛہہ ژےٚ ہیوٚ نۍ وُچھُم خود غرض

یادپٔرٕ شُک وٕری کرہنا......

اول ییرٕن لۆزٕ ھتہٕ سیپہٕ دیُتمےٚ پٔنٕن

راچھِ کٔرٕ مےٚ بجٔن

تاپہٕ ژٕنجُو تہٕ وہراٚنہٕ شراینو

مگر.......

ۂردٕ زردی ییُتھےٚ ژاے میاٚلِن پٔنٕس

یام سونٛتکرٕ ہنے یم پلوٚلِس تِھےٚ

یام بدلوٚو روٗخ موسمن لِس تِھےٚ

ترٛاٚوِتھٔس کُنہٕ تہٕ کیوٚل تہٕ مُشراوِتھٔس

پۆت نظر دِنہٕ تہٕ روٗزِنے نہٕ یاد گُکلو

ہے کُکلو کۆت مےٚ ترٛاوِتھ ژٕ اسِکھ گٔرٕ؟

یۆت ژٕ اسِکھ گٔرٕ،

تٔمہ شہارِس تہٕ چھا آرٕ ڈنٛڈِس لٔشی

میانہٕ اَنہارٕ کاتھہ سرسبز وپرٕ ۂن؟

تُمہ تہٕ آواہ ہُرد؟

تُمہ تہٕ ژاواہ زُزر؟

تُمہ تہٕ ژٕجی کھادغادِتھ تہٕ آیکھ مےٚ لٔش

تُمہ تہٕ چھا وۆنٛی ہُرد،

ونٛدٕ کالک شُشُر

یاگٹلو ہننز تبر

میاءِ نی پاءِ ٹھی وُچھنہ؟

نکولہِ گوو زنۃ دَم

زنۃ وَڈھ گوتمبس

زنۃ واٗنج پھٹس

زنۃ شہلبن گُلبن ہُنند نقشے ڈوٗلس

ویرِ یامۃ ژہتُر

زنۃ باسیوٗس زیادے سونیرِۃ ڈُوں گئے

زنۃ آلیس زباں

زنۃ وُژھ کلہِ لِکُن

ہے گُکلو یُتھ ہۂ لوٗگرُت ژے آسی دِلس

چھِس بہ پاگل، حقارتھ مئے کرُمئے لگے

کیناوَنے کُس کُنبر ژولمُت چھُم لگے

ننگہِ کرُئس بہ ہردَن وَنے کیاہ گُکلو

کیاہ وَنے کُس کُڈر وئنہِ ڈیلشُن مئے بیوٗ

تی ژہتس بیوٗم رودُم ہۂ تابے لگے

ہے گُکلو پےٗ مئے چھُم

چوٗن گوٗ گوٗ چھُ ہر سوٗ حیاتک سفر

پَے مےٚ چھُم چُون گوٗ گوٗ امارٕس ہٕفزر
چُون گوٗ گوٗ عیبادُتھ گرن ہٕندٕ بر
عاشقن چون گوٗ گوٗ چھُ پمپوشہٕ سَر
لولہٕ غزلن بحر
مُشکہٕ اُدفر گُلن
چھکھ ژٕ کوٚہ ملس گوٚ لگُل

اوٗم پَن چانہٕ ہِتی چھُ البسان خاب
چانہٕ ہِتی پہ چھس
چانہٕ ہِتی مےٚ پَن
چانہٕ ہِتی مےٚ سبزو سبز تن بدن
اٚنہٕ پر ہٕزاں یِتھے چوٗن پرلوٗ پوان

ہَے کُکلہٕ پَے مےٚ چھُم چھکھ ژٕ لوٗز کھ سبٹھاہ
ژٕ اٚنہٕ لیتھے نَے ہیٚلکھ ہیٚنز ہرٕدٕ کٕ ژٕ زٕتھہ
ہرٕدٕ برٕو شیٚٹھے ژٕ لُن
سوٗنٕتہٕ شہرس گرژھن سنٕ ضوٗروری ژٕ ے کیٚت
زٕتھہ ہرٕدٕ پتھ کُکلہٕ
سوٗنٕتہٕ برٕو شیٚٹھے کُکلہٕ
یُتھ نہٕ میانِن لٕگن پیٚٹھ ژٕ ترٕاوکھ قدم

دُشمنَن گوٚوے اگر کیٖنہہ مےٚ وَن پرٛارِ کَس؟

سوٗنتہٕ راوَکھ اگر

انتظارِ ے مَرن

کاروانِ نے شوٚنگَن

آبشارِ ے ژھوکَن

ژنارسیٖنس شرٛپَن

اٰنہٕ حُسنَس پھُٹَن

بابہٕ عاشق ژھٹَن

تارِ سازن ژھیٚنَن

ہے گُکلی وُچھتہٕ ہووُن مےٚ کَتھ کُن . . . .

لگے ــــ پوشہِ پلوٚ ہیٚوت نژُن

ہیٚوت گولابو پھوٚلُن

سورمہٕ چشمن ہیٚتز اٰنہٕ مُتی مُتی گرِژھنہٕ

عاشقو ہیٚوت پکُن یوٗری کُن

ہے گُکلی ــ گِیو لگے، گِیو لگے

سوٗنتہٕ کالک ژِ گوڈنیک رُیشِل نغمہٕ گِیو

سوٗنتہٕ کالک ژِ گوڈنیک رُیشِل نغمہٕ گِیو



شہناز رشیدن ہُیس غزلہٕ ورتاوِ پننہٕ أندرۍ باوٕژ [illegible]
کوٚرمُت چھُ، سُہ چھُ محض أہندِ پننی زِندٕ شعرٕ احسا[illegible]
وِہل ژھایہِ گیٛت۔ یہِ چھُ اکھ نوٚو رنگ تہٕ اکھ نوٚو طرز
باوقار، سنجیدٕ تہٕ سٕرُن آواز یوٚسہٕ کأشرِس غزلس مالدار بناوان چھے
تہٕ بناوان روزِ۔

أسی ہیٚکو یہِ بےٚ پھِروٚک پأٹھۍ وٕنِتھ زِ شہناز چھُ النسانہٕ سٕنٛزٕ
بأطنی کیٛو ظأہری زِندگی غأر روایتی اندازٕ أتھۍ تراوِتھ تہٕ ویٚز،
تہہ دار تہٕ معنہٕ سأو لفظہٕ یأری کرِتھ پرن وألس دِلس تہٕ دماغس
اندر اکھ جمالیأتی احساس، اکھ سوٚنچن ژٕہِتھ تہٕ اکھ ذہنی سکوٗن
وُزناوان۔

امین کامل

Printed at J.K. Offset printers Delhi-110006
Phs: 23241368, 23279852 M.9810348651